پَن کھائڻ ۔ بيشڌ رکنان گتان پَن ۽ ٻھڙاوڻ ۔

پَن ع٣ ۔ ن ۔ مئول ۔ پَن د س : پَنۡ ۔
باڌرِ بيٺھ کرِ زڏ نه ٽڇج ڙورم تہ امر
پيتہ ياقي دو هن بيٺھ روٺھ کر ٽنج
رہھ ۔

پَنۡ ڙوٽ ۔ ٽنک روٺھ ۔ پيچ ڙوٽ ۔
پَن ٿھوڻ ۔ يَن ڏنک پڙن کرڻ ۔ يہ
ڇھي اکرِ قيمچ ڏشس يوان ٿھوتہ ۔
پَن ڏيڻ ۔ پيتہ روٺھ کرِ ذ ۔ پَن دِنج رہھ
پؤرِ کرِ ذ ۔

پَناه ع١ ۔ ن ۔ مئول ۔ پَناه د ه : ١: پنا
د ف : پہنا ۔ ( ) ۔ بر ۔ کھجر ۔
خاصکر ٿھ کيپڙک يا کپڙو چيزک ۔

پَناهدار ۔ ١ ۔ نگڙ پناهہ ۔ نيٺھ وار يا پَناه
آسرِ ۔ نيٺھ سيٺھا بر آسرِ ۔ ٢ ۔
(ور گہ) نيٺھ زيٺھ بر کتھ بير ۔

پَناه ع٢ ۔ ن ۔ مئول ۔ پَناه دِ ف : پَناه ۔
ڇھپڻ ۔ بچاو ۔ حفاظت ۔

پَناه ڏيڻ ۔ ١ ۔ ڇھپن جاي دِ ذ ۔ ٢ ۔ بچاوڻ ۔
مو کلاوڻ ۔

پَناه گاه ۔ ڇھپن جاي ۔ هيٺہ ڇھپيٺھ هيکي ذ ۔

پَناه منگڻ ۔ ١ ۔ ڇھپن جاي ڙهانڍ ذ ۔
بچاو يا نيٺھ درخاس کرڻ ۔ ٢ ۔
نجاٿھ منگڻ ۔ کانس بڙ ڏنہ کنہ مار
ماءِ نني ۔ (٣) (ور گہ) گکن ٿھپي دِ ذ ۔

توبہ کرڻ ۔ ڙرڻ ۔

پَنۡ وِ ذ ۔ د س : پُرسنون = ه / ١ پينر يانا (پلٽيس)
١ ۔ (دوڙه ماوِ ٿھ) گاو چاوِ ذ ۔
(دوڙه ماوِ ٿھ) گاوِ ده د هيوّن ۔
٢ ۔ (ور گہ) ڙهلر نٿھ ناوِ والڻ ۔
خوشامد کرِ ٿھ پھرڻ ۔

پَنڻ ۔ مئول ۔ پَنن د ک : پَن + اڻ ۔ مُ ه :
اَپن د س : آتمن ۔ يہ جائيز يا آٺھي
کانسہ هٿدس قبضس نل آسيہ يا نيٺھ
بيٺھ کانسہ هٿد حق آسيہ نيٺھ پانس
سنني واٺھ آسرِ ۔ دوّيمہ شتد نہ ۔

پنني پام بيٽيس دِ ذ ۔ پَنن عاب بيٽيس لدڻ ۔
پانہ عائبہ لدٓ آسِٿھ ببٽيس نوه قص کڍ ذ ۔

پنني کنٿھ پَنۡ ني جايہ ۔ يہ ڇھ تمرِ وِرِ
دنان بيلرِ دوه ن اَندر سينزهر
کانهہ کنٿھ يا مالطہ ٽر بيٽمس وڻن
آسرِ نہ يا پَنرِ نہ ۔ دوه ن هٿد سير
ڇھ دوه ن اَندر تہ ٽرٽيمس پرز نہ
باوڻ ۔ م ، ڙ دکھ بيٽر يہ ڏيہ بايہ
پنني کنٿھ ڇھپي پنني جايہ ۔

پنني گانٺھ حلال کر ذ ۔ گڇل باه من کر نہ
با نيٺھ پَنۡرِ نس چيزس يا کارس خراب
تہ نالگہ هار آسِٿھ نہ تاريف کرِ ٿھ
برابري اَپني ۔

پنني نہ مانان پا غمبر ۔ پَنرِ نس ڇھپتہ پنني

شُند بجر تہٕ تقرر ٹارِ کھسان۔ کانٛہہ اگر سیٹھا بوڈ تہٕ آسہِ تکھ ڈکھہٕ وائس کھسہِ نہٕ تہٕ ہُند بجر تکہ۔

پَننی ہَن ہِنی۔ پَننی اَپنگ ہِنی۔ پننس رٕپس اَندر نوٚن نیرُن تہٕ گوہوڈ ہِنی۔ ہوگہِ بنہٕ۔

پَنُن آسُن۔ ۱۔ پننہٕ طرٕنک آسُن۔ ٹوٹھ۔ رِشتہٕ دار یا دوس آسُن۔ ۲۔ پَننہٕ مطلبک آسُن۔ کانٛسہٕ ہُند نہٕ آسُن۔ ۳۔ پانہٕ یکجنیارٕی آسُن۔ پانہٕ خُدی آسُن۔

پَنُن پان۔ پانہٕ۔ خود بذاتہٖ۔ پَنُن جِسم۔ پَنُن وُجود۔

پَنُن کچل باہ ہَن (تترٕوک) کرُن۔ ۱۔ پَننہٕ کتھہٕ یا چیزس سوال کارُن۔ ۲۔ پَننہٕ کتھہٕ نہٕ ڈلُن۔ ہتھہٕ تنتھہٕ پَننہٕ کتھہٕ برابرٕی اَنٛنی۔

پَننہٕ بیٚنہٕ مُشنک ہوٚن۔ ڈُچھن زِ پانسے ما چھُ راہ یا نوقص۔ پننِس پانس سام ہیٚنی۔ بیٚنِس راہ لدنہٕ برونٛہہ گوڈ پانس منز عاب ژھارُن۔

پَننہٕ پانہٕ۔ پانے۔ خود بذاتہٖ۔ بیٚنہٕ کانٛسہٕ ہُندِ عمل دخلہٕ ورٲے۔

پَننہٕ جایہٕ۔ ۱۔ تتھہٕ جایہٕ یوسہٕ گنڈتھ آسہِ نہٕ اَصلی جایہٕ۔ ۲۔ اَلگ پاٹھی۔

پَننی پاٹھی۔ بونہٕ پاٹھی۔ پانہٕ نیٚار سان۔ پانہٕ وٲنی۔

پَننہٕ جایہٕ ساری پادشاہ۔ کانٛسہٕ چھُنہٕ پَنُن پان کم پایہٕ لبنہٕ یوان۔

پَننہٕ دارٕک یوٚن۔ سُہ پَنُن وٲقف کار یا ہیٚوٕر یُس دُشمنٕنتھ کرِ۔

پَننِس دَبِس خبر دار۔ سوہ۔ پَننِس پوس وٲتتھ۔ پَننہٕ مطلبہٕ وِزِ ہُشیار۔

پَننہٕ ہجہِ باہ تترٕ چیر۔ پَنُن چیزے ڈیشتھ تہٕ آسہِ توتہٕ چھُ ووزمرٕ کھوتہٕ جان تہٕ ہوکل۔ بیہ پَنُن چیز کوِ نہٕ کو نہٕ ہیٚیے شُند۔

پَننہٕ ہنزہٕ نہٕ ڈلُن۔ ۱۔ پَنُن عادتھ نہٕ ترٲوُن۔ ۲۔ پَننہٕ کتھہٕ پیٹھ ڈٹھ روزُن۔ ہٹھ کرُن۔

پَننی دٕراٹِ ژھوکھ دیُن۔ سورُے یکطرف ترٲوِتھ گوڈ پَننہٕ مطلبچ کتھ کرٕنی۔ پننِس مفادس پینہٕ روزُن۔ گوڈ پننس مطلبس واتُن۔

پَنٛبُش۔ ڈیھو "پمبچھ"۔

پَن پَشو۔ اَکھ بوٹہٕ ہُندناو۔ یہ چھُ زہرٕ لدس چوٚن دِوان تہٕ اَکھ سوٚل چھ گرم آبس پیٹھ بھیپھر لدس گھنتھ لاگان۔

پَنتھائی۔ [ <ف : پَنتھانہٕ ] ۔ وتہٕ ہمن پیٹھ سفرس ہنٛزٕ زرٕ۔ (نم)

کیٛپوٚلی کوٗرت نٮ۪بر کھ پنتھ آئی (نُنٛدٕ ریوٚش)۔

**پَنٛچ** ۔ > ف: پنج ۔ س: پنچہ ۔ پَنٛچ گو
فارسی یا اَٹھی یا ژٕ، یہ چھ کیٚشرن ملوٚتھ
تفظن سٟتۍ گوڑ یوان ۔ م، پَنٛچ تَن پاک
پَنٛچ مٮ۪وٕ بیتر ۔

**پَنٛچ مٮ۪وٕ** ۔ پانٛژھ مٮ۪وٕ یِم گوٚج بَناوٕنہٕ
طاقتہٕ باپتھ کھیوان چھ ، یِم مٮ۪وٕ چھ
بادم، نارجیل ، پِستہٕ ، مغز، چلگوزٕ
تہٕ کھجور ۔

**پَنٛجاب** ۔ ن ۔ مۄل ۔ پنجاب ۔ > ف: پنج+آب ۔
س: پَنٛچہ + آپہ ۔ ہندوستانچ
اکھ ریاسژ ہُنٛد ناو ییٚمیک اکھ
حِصہٕ ووٚنۍ پاکستانس منٛز چھ ۔
اَکھ چھ 'پَنٛچ آب' ، امہ کنۍ و نان تکیازِ
امہ منٛز چھ پانٛژھ دٔریاو بٮ۪ران ۔

**پَنٛجابی** ۔ ۱ ۔ پنجابک ۔ پنجابہٕ روزن وول ۔
۲ ۔ پنجابہچ زبان ۔

**پَنٛجہٕ** ۔ ن ۔ مۄل ۔ پنج > ف: پنجہ ۔
۱ ۔ اتھ ۔ ۲ ۔ اوٚنگجو سان کھوٚرُک
برٕونٛہِم حِصہٕ ۔ ۳ ۔ کھوٚر یا اتھک
سُہ حِصہٕ یتھ اندر ٹیٚنٛڈی آژان چھہٕ ۔
۴ ۔ پانٛژو اوٚنگجو سان کُنہِ بیٚٹھ
اتھک نِشانہٕ ۔ ۵ ۔ جاناوارٕ سٕنٛزِ
زنگہ ہُنٛد بۄنِم حِصہٕ یمہٕ سٟتۍ
سُہ کینٛہہ رٹان یا کُنہِ بیٚٹھ بہان چھ ۔
پٮ۪ٹھ سُنٛد یا جاناوارٕ سٕنٛزِ زنگہٕ
ہُنٛد سُہ حِصہٕ یتھ گاوی دار نم آسن ۔
۶ ۔ تماشک پوٚٹ یا نرِ دیتھ پانٛژھ
نِشانہٕ آسان چھ ۔ ۷ ۔ قبضہٕ ۔ کُنہِ
بیٚٹھ تصرف ۔ م، تٔمۍ اوٚن سورُے
مال پننہِ نس پَنٛجس منٛز ۔ ۸ ۔ ووٚری
یا قالباف کارخانچ کنگنۍ ۔

**پَنٛجہٕ دِیُن** ۔ ۱ ۔ زٕلہٕ لۄکُٹ دِیُن ۔ یکہٕ وَٹہٕ پانٛژو
نموٚ سٟتۍ زٕل والنۍ ۔ ۲ ۔ ٹھیچھ دِنۍ ۔
پَنٛجَن منٛز رٹُن ۔ ۳ ۔ ہمیشہٕ مَنٛگہٕ
مُستقل قبضہٕ کرُن ۔

**پَنٛجہٕ ژوٚٹ** ۔ ۱ ۔ یمِس پَنٛجہٕ ژھیوٚ نمت آسہٕ
(اتھک یا کھوٚرُک) ۲ ۔ یِس پَنٛجہٕ
دِتھ زٕل بیتر وٲلۍ ہیتھ آسن ۔

**پَنٛچ تَنِ پاک** ۔ > ف: پنج تن پاک ۔
(مُسلمانن منٛز) پانٛژھ پاک صاحب،
تہٕ دِپتھ گژھے حضرتِ محمد صلعم ۔
فاطمہ زہرا رض ، حضرتِ علیؑ ۔ حضرتِ
امام حسن رض ۔ حضرتِ امام حُسین رض ۔

**پَنٛجرٕ** ۔ ن ۔ مۄل ۔ پنجر ۔ > س: پنجر ۔
۱ ۔ جالہٕ دار دٲر دَرواز ۔ یتھ دار یا
دَرواز س تھنہٕ کنۍ آسن منٛز س
گرِ تھ لکرِ ٹکرہٕ لاگنہٕ آمتۍ یتھ زالی
ہوی آسن بنیمنۍ ۔ ۲ ۔ ٹھیپ ۔
۳ ۔ سو یُنٛد جاے یتھ لکو بدل

کاٹھکرُ ژھ واہاری آسہٕ۔ اَکھ آندرَ
چھ ژٹھنہٕ گَھوٚوی ہنٛز جنگلی جانور
یا کانٛہہ کانٛہہ قیدی کھوٚنہٕ یوان۔
۴۔ اَڈی جِہ کڑا ژنہ۔ پَنٛجرُ۔

پَنٛجر ہین۔ اَکِس پَنٛجر پٹس ہیر بوٚن لاجنہٕ
پَنٛجر رِبل یُتھ نہٕ دِہِ وِز دوٚن
پَنٛجر پٹُن منٛز باگ کھرُ چھ روز
بیہہ یُتھنہٕ اَکھ پوٚٹ یِتھ نہٕ ہانٛگل
آسہٕ یائے گرُراوُنہٕ بیہ۔

پَنٛجر پوٚٹ۔ دارِ ہنٛز پَنٛجر جورِ منٛز اَکھ
پوٚٹ۔ جورِ منٛز اَکھ پَنٛجر۔

پَنٛجر چھان۔ پَنٛجر گرَن وول۔ یُس پَنٛجر
گرِتھ آسہِ تگان۔

پَنٛجر طاق۔ پَنٛجر جوٚری۔ دارِ ہنٛدی زٕ
پَنٛجر پٹی۔

پَنٛجر کاری۔ پَنٛجر بناونچ کام یا پَنٛجر کام۔

پَنٛجر کارُ۔ ۱۔ پَنٛجرِ ہیوٚہ آسُن۔ ژنٛرھ
حالتھ یتھ منٛز کانٛسہٕ اَڈی چھے
باقی سوٚژ ییمٕ آسن۔ اَڈی یِہ
تنٛر نگرہ ہیوٚہ آسُن۔ ۲۔ پَنٛجر کام۔
پَنٛجر کاری۔

پَنٛجر کارُ گژھنی۔ ۱۔ پَنٛجرُ گژھُن۔
اَڈی چھے یوت سوٚژن۔ ماز س کاوُلگُن۔
۲۔ پَنٛجر س منٛز پھسُن۔ تیتھ بندُ
گژھُن یِتھنہٕ ہرِتھ ہیٚکہِ۔

پَنٛچ سوٗرہٕ۔ <ف: پنٛج + ع: سورۃ۔ ۱۔
قرانہِ شریفکی پانٛژھ سوٗرہٕ۔ سوٗرے یٰسین،
سوٗرے مُزمل، سوٗرے رحمان۔
سوٗرے فتح تہٕ سوٗرے واقعہ۔
۲۔ سوٗ کتاب یتھ منٛز ییم پانٛژھ
سوٗرہٕ درج آسن۔

پَنٛچ کلیان۔ <س: پنٛچ + کلیانہ۔ ۱۔ سُہ گُرہ
یُس ژوٚ شوٗرے رنٛگہٕ چھِتھ آسن
تہٕ بییہ آسِس منٛز منٛز سفید
ٹیٚچھرٕ۔ ۲۔ پانٛژھ کشہٕ یا عاب، چرس،
مدکھ، بنٛگہ۔ آفین، شراب۔
پانٛژھ بلاہ۔

پَنٛچ (پنٛچ)۔ ن۔ک۔ پنٛچ <س: پنٛچہٕ۔
پنٛچاٹھ۔ پانٛژھ فاصلی۔ ییم کینٛہہ زٕنی
ییم کُنہٕ بیٹھ فاصلہٕ دِنکی مجاز آسن
بناونہٕ آمتی۔ بیٚین لفظن منٛز ییم
ییم کانٛہہ نیائے انٛزراونہٕ بایتھ
سوٗمبراونہٕ یِین۔

پَنٛچاٹھ۔ ۱۔ پانٛژن فاصلین ہنٛز جماعتھ۔
پانٛژھ فاصلی ییم لوکہ نیائے انٛزراونہٕ
بایتھ سوٗمبرۍ متی آسن۔ ۲۔ پنٛچاٹک فاصلہٕ

پَنٛچاٹھ لاگُن۔ کُنہٕ نیائیس بپتھ بیٹھ پنٛچاٹھ
بیٹھناوُن۔ (ورگہ یا ٹھ)
فاصلہٕ کرناونہٕ بایتھ لوکھ سوٗمبراوتھ
انٛنی۔

پَنٛچاٲٹھی۔ ۱۔ پانٛژَو پَنٛژو مَنٛز اَکھ۔ ۲۔
ہَرلَہِ پاٲٹھی تَس وَنان یُس مامٕلَن مَنٛز
دَخل دِیہِ۔

پَنٛچ بُہُن۔ کانٛہہ نیاے بیٚترِ اَنٛزراوُنہٕ باپتھ
پَنٛچک سۭتۍ بِہُن۔

پَنٛچر۔ ن۔ مۆل۔ پَنٛچر < انگ: پَنٛکچر (PUNCTURE)۔ شہ زۆد بیٚترِ
بیپاری کُنہِ چیٖزَس بیٚترِ ہَوا نیٚری نیٚری
آسہِ ژلان (خاصکر نٔہ سایکل، موٹر
بیٚترِ ٹیوبس)۔

پَنٛچم۔ [م۔ مۆل۔ پَنٛچم < س: پَنٛچم۔] مۆسیقی ہُنٛد اَکھ سوٗر۔

پَنٛچاکھ۔ وُچھو " پَنٛچ " لفظس تَل۔

پَنٛچانٛگ۔ [م۔ مۆل۔ پَنٛچانٛگ < س: پَنٛچانٛگ۔] نیٚنچھ یُتھ بیٚترِ یَتھ پانٛژھ
حِصہٕ آسان چھِ۔ ساتھ وُچھنچ کِتاب،
کَلنڈر۔ تٲریخہٕ وۆتُر۔

پَنٛچایتھ۔ < س: پَنٛچایَتنَہ۔ گامَن مَنٛز مۆہوری
اِدارٕ یُس قوٗنوٗنس تَحت نو کِٹھن
مامٕلَن ہُنٛد فاصلہٕ کران چھُ۔

پَنٛشداہ۔ < س: پَنٛچہٕ + دَشہٕ۔ داہ تہٕ پانٛژھ،
پانٛژِ پیٹھ داہ۔

پَنٛشداہی۔ پَنٛشداہہِ پھرِ، یہِ چھ گوٗنہٕ نَس
مَنٛز وَنان شَتلَن پیٚٹھ ہَنٛشداہی تَرہہ۔

پَنٛڈال۔ ن۔ مۆل۔ پَنٛڈال < تامِل: پَنٛڈال۔

سو یُڈ چوکی یا تھَر بیٚترِ یَتھ پیٚٹھ کھیسِتھ
بولان چھِ۔ سٹیج۔ ڈانٛگہٕ۔

پَنٛڈٕ ۱۔ ن۔ مۆل۔ پَنٛڈ۔ < س: پَنٛڈا۔
تٕرتھ بَرہمُن۔ شہ بَرہمُن یُس تٕرتھ
کَمٲے یا تٕرِ بَن بیٚٹھ آسہِ۔

پَنٛڈٕ ۲۔ ن۔ مۆل۔ پَنٛڈ۔ < م۔ بار
رَٹنہٕ باپتھ ژۆ نُمت ڈَکھ۔

پَنٛڈ پَنٛڈٕ کَرٕنۍ۔ پَنٛڈَن پیٚٹھ رَٹِتھ
مَکانہٕ شیٖرُن خاصکر نٔہ پَنٛڈٕ
بوٗن پور نوٗو لَڈُن۔

پَنٛڈٕ دِیُن۔ ۱۔ نَلہٕ ڈَکھہٕ ژاٲنِتھ ووہ دِنۍ
ٹھَکوٗن (ہۆل گوشت یا
بوٗن دۆ ٹھُمت مَکانہٕ بیٚترِ)۔ ۲۔
زورٕ ووہ دِنۍ ٹھَکوٗن۔ تَسلا بیٚترِ دِتھ
ہیٚمتھ یُڈ راوٕنۍ۔

پَنٛڈٕ ژانُن۔ ۱۔ نَلہٕ پَنٛڈٕ ٹھَکوٗن یَتھ دِسی
بیٚبیہِ۔ ۲۔ ڈَکھس روزُن۔ زورٕ
ووہ دِنۍ ٹھَکوٗن۔ تَسلا بیٚترِ دِتھ ہیٚمتھ
کَرناوُن۔ کانٛسہِ دَرہر کَرُن۔

پَنٛڈٕ کَرُن۔ کانٛہہ گوٚب چیٖز بیٚترِ پھیوک
دِتھ بارِ تُلُن۔

پَنٛڈٕ نَر۔ پَنٛڈَس پیٚٹھ ٹھوٗو مُت بار
رَٹنہٕ باپتھ لَکرٕ ٹوٗٹہٕ۔

پَنٛنزاہ۔ ن۔ مۆل۔ پَنٛنزاہ < س: پَنٛچہٕ شَت۔
شہ کیٚپر بیٚترِ یَتھ بیٚنہٕ پانٛژھ لَہ

تراوِتھ آسن۔

پٔنزرٕ ۱۔ م۔ موٗل۔ پنزر < س: پنجر + ک: ار۔ پانژٕ شاخل نارژ۔

پٔنزرہ ہیتھ یِن۔ (ل۔م) نارژ ہیتھ یِن۔ (ورگہ) پیتہٕ لگن (پنجس اندر اَنِنہٕ باپتھ)۔

پٔنزرٕ ۲۔ [م۔ موٗل۔ پنزر < س: پنجر۔] کرژنز۔ م،

شوگہ ژٕلِہ ینِر تھ پٔنزر سوٗ ژہ ہم
لو نہٕ لو نہٕ تلنم ہا ہا کار
(شنلہ ریوش)

پٔنزر وار۔ اَکہِ خاص قسمٕچ لوکٹ داں گوٗ تھ۔

پٔنزر ووٗت۔ < س: پنچ + پتھ۔ سوٗ جلے یِمن پانژھ وٕنہٕ میلان آسن۔ پانژٕ ووٗت۔

پٔنزر ہاو۔ پیتہٕ ژراکچ ژادر (ژوٕن ہتن پنن ہنز نہٕ ڈیپھ گو یدٕ کھجر ژادر۔

پٔنزر۔ ن۔ موٗل۔ پنزر < س: پنجر۔ اَڈی جے یوت سوٗ ژوٹت۔ کرژنز۔ پنجر۔ م، شہ چھ پٔنزر ہیوٗ نہٕ مازبش نہٕ چھس نہٕ لاگہ۔

پٔنزل۔ ن۔ موٗل۔ پنزل < س: پنجالہ۔ (موتیر ویسِمن)۔ اَچھ داکہ۔ وارِ دجہ۔

پٔنزال، پانژال۔ ن۔ موٗل۔ پنزال < س: پنجالہ۔ ۱۔ سوٗ کوٗ ہہٕ مال یوس دوٕن وادین درمیان آسہِ۔ ۲۔ کٔشیرِ ڈچھنی کوٗ ہہٕ مال۔ ۳۔ بانہہ آلی بالس ترٕنٛج وَتھ۔

پٔنژآلی۔ پنژالک۔ پنژالہ بنیوٗمت، بہ دیوٗمت، زامت یا پتوومت بینزِ۔

پٔنژآلی کاو۔ ۱۔ پنژالچ اَکھ ہنٛد ترٕ زوٗبد کاوٕ ذاتھ۔ ۲۔ ظالِم۔ بے رحم۔ یُس نہٕ آر انصاف آسہِ۔ یُس پٔنژآلی کاوٕن ہشدی پاٹھی دِگرِ دِگرِ کھینہِ۔

پٔنژاہ۔ س: پنچاشت۔ پانژھ ڈہی۔ ڈہہ پیٹھی ژٕنجہہ۔ ڈہہ کم شیٹھ۔ ہتک نصف۔

پٔنژہی۔ پنژاہ گوٗن۔ پنژاہہ سنتی کانہہ رقم بیترِ گوٗ نتہٕ وزِ وَنان۔ م، کاہ پٔنژہی۔ پانژھ ہتھ نہٕ پٔنژاہ۔

پٔنژ مہابوٗت، پٔنچ مہابھوٗت۔ پانژھ عناصر یا نو نتھ۔ زمین، آب، نار، ہوا، آکاش۔

پٔنکز۔ ن۔ موٗل۔ پنکز < س: پنکجہ۔ ہمپوشش۔ اَکہِ پوشک ناو۔ م۔ پٔنکز بدنس پیٹھ آسن گمیے ہیے زامِن نہٕ نارکھ نہٕ زوٗن

پٔنکھر۔ م۔ موٗل۔ پنکھر < پراکرِت: پک کھو۔ س: پکشہ + ک: ار۔

گگولہِ سوٗشُب کٔرِ بٔہنہٕ رَنٛگہٕ اَکِس
جانا وارٕ شُنٛد ناو ۔

پَشگَنتھ ۔ م ۔ سۆل ۔ پَشگَنت ۔ < س : پَشگَنتہٕ ۔
کُنہٕ خاص جمأژ ہُنٛز چھوکھ ۔ م،
شُری پَشگَنتھ ۔ کاو پَشگَنتھ ۔

پَشگَنتھ پوٗنۍ ۔ سیٹھا شُری کُٹھٕ زِینٛز ۔
شُری بأژ ہُران گژھن ۔

پو ۔ع۱ ۔ ن ۔ سۆل ۔ پو < س : پَتھ بایدوی ۔
۱۔ ناوِ ہُنٛز وَتھ ۔ ناوِ وَتھ ۔
سَرَس مَنٛز سۆ وَتھ یَپأرۍ ناو
ٲکِتھ ہیکہِ ، یَپأرۍ ہَل وِل نہٕ
آسنہٕ کِنۍ ناو بیٚنٛز پَتہٕ گژھِ نہٕ ۔
آبہٕ مَنٛزۍ بَطھو، پِچھنو بیٚنٛز گُڈٕ مِژ
وَتھ ۔ ۲۔ کیٚنٛہہ گرٕ گرٕ کرٕ پٔنٛچ
ترٛاے ۔ کیٚنٛہہ کُنہٕ طَرَفَس
گرٕ گرٕ پٔنٛچ ترٛاے ۔ م، آسہٕ پو
پوٗت پو بیٚنٛز ۔

پۆپکُن ۔ ناو پو پو پکناوُن ۔ تَمہٕ
ترٛابہٕ، وَتہِ تہٕ حِسابہٕ بیٚنٛز پکُن
یَتھ بیٚٹھ پَتہٕ وَتھ پکان آبہٕ ۔
پَتنہٕ وَتہٕ پکُن ۔ م، سوڈَل پَتہٕ نے
پۆرے ۔

پۆڈُلُن ۔ ۱۔ ناو ہُنٛد اورٕ یور پکُن ۔
۲۔ وَتہٕ ڈُلُن ۔ پَتنہٕ رابہٕ ترٛابہٕ
تہٕ طٔریقہٕ بیٚنٛز نِشہٕ ڈُلُن ۔ پَتنہٕ
حِسابہٕ نِشہٕ ڈُلُن ۔ پَتُن طٔریقہٕ ترٛاوُن ۔
م، کر زُوشیٖو شوٗرے
موڈَل پَتنہٕ پۆرے
(نند لال کول)

پۆنیر ۔ ناو پو پو پکناوُن ۔

پۆنیرُن ۔ ۱۔ پو مَنٛزۍ ناو کڈُن ۔ ۲۔ بیٚیہ
یاٹھۍ کران آبہٕ رَتھ یاٹھۍ گرِ نہٕ کِنہٕ کینٛہہ
اَنٛد وا تناوُن ۔

پۆک ۔ ۱۔ بہٕ اَز سوٗمُت آسہٕ ۔ بہٕ اَکھ دَرامت
آسہِ ۔ ۲۔ مطلبک ۔ م، سُہ چھُ
پَتنہٕ پۆک ۔

پو ۔ع۲ ۔ ن ۔ سۆل ۔ پو < س : پَٹھ ۔ ۱۔ زِیتنہٕ
ریل بوسہٕ وایِن وِز ٹُلنے روزِ ۔ ۲۔
ہیے ۔ پَتاہ ۔ شِشیٖچھ ۔

پوَن ۔ ن ۔ سۆل ۔ پوَن ۔ < پونہٕ ۔ ہوا ۔ شاہ ۔
پٔران ۔ م، گگن ژٕیے بوتَل ژٕیے
ژٕیے دِن پوَن تہٕ راتھ
(لل دید)

پوِتھر ۔ع۱، پوِیتر ۔ < س : پوِیتر ۔ شُشرُوژ ۔
پاکھ ۔

پوِتھر ۔ع۲، پوِیتھر ۔ < س : پوِیتر ۔
ذرہٕ بہٕ گاسیٖچ وآج بوسہٕ پۆژنا بیٚنٛز کرٕ نہٕ
باپَتھ تو تھتھ اوٚنگجہ لاگان چھ ۔

پوٚ ۔ ن ۔ سۆل ۔ پو ۔ < س : پاد ۔ پاد ۔
پادہٕ ہُنٛد وَزنہٕ ۔ خاصکرٕ کتھ اکھ پادہٕ شرابہٕ ۔

پہکھ - تمہ ہرد ہم تیہرن نبہ منتر نوٗن دِنہٕ گژھان چھ۔

پہلوان - س٘ول۔ پہلوان ‹ف : پہلوان۔
۱۔ یُس دب آسہِ کران تہٕ نمکی داو آسہِ زانان ۲۔ بوٚہدُر، دلیر، جرتی۔

پہلوانٕز - پہلوان کار۔ بوٚہدُری۔ پہلوانی۔

پہلوانی - وُچھو "پہلوانٕز"

پہلوانٕنۍ - بوٚہدُر زنانہ۔ پُھیہ ہش (زنانہ)

پہن، پہان - ہنا - رژھا۔ یِیُو ثنا۔ یہ چھ اکھ پوٚت لوٗگ تہٕ - م،
بوٚڈ پہن - ژبری پہن، نبہ پہن بیترِ۔

پہنشد - م - س٘ول۔ پہنشد - ‹ م - اکھ نُدرہ بوٗٹی، یہ چھپے نس دَوا یس کم پیشاب آسہِ یِکان۔

پہا، پاہہ - س٘ول۔ پہا ‹س: پَشس۔ منگِتھ اوٚنمت کانہہ چیز بیترِ یُس گیٚنتر کالہٕ پتہٕ واپس چھ دِنہٕ یِوان۔
ہاو باو باپتھ منگِتھ اوٚنمت (چیز)

پہاپاٹھی - وہ زمہٕ ژنگی - گیٚنتر کالہٕ باپتھ واپس ہیکہ یا دِنہٕ کرنیتر۔

پہار - پہاڑ۔

پہاڑ ۱ - ن - س٘ول۔ پہاڑ ‹س: پڑاگ + ہارہ، پژستارہ، پاشنانہ
۱۔ بال، کوہ - سنگر۔ ۲۔ پہاڑی علاقہ - م - [illegible]

پہاڑ ۲ - اکھ کیوٚم یُس ڈورن منز کھسوٗن دانہِ چھ کھیوان۔ دادو۔

پہاڑہٕ - ن - س٘ول - پہاڑ ‹ہ : ژ : پہاڑہ۔ ضربہ جدوٗل۔ گوٗنن سٗرتی۔

پہُر - ن - س٘ول : پہُر ‹م - ژھپے، ژھپیہ پَشس بیترِ۔

پہُرنارُن - ژھپے گنڈٕنۍ۔ ژھپے دِنۍ۔ ژھپیہ پَشس دِیُن۔

پہُن - دانہ دا بِنچ ہور۔ دانہ ہور۔ سو ہور یوسہ زمین وایِن وِزِ دانڈن ٹکھی کرنس تِھپے لگان۔

پہوٚر، پہُر - ن - س٘ول۔ پہُر۔ ۱۔ سوٚن تہٕ تیٚز پہاڑی نالہٕ۔ ۲۔ بولابکہ اکہٕ مشہور ڈری یا وُگ ناو۔ اکھ چھ پہُر تہٕ وَنان۔

پہر - ن - س٘ول - پہر ‹س : پڑہر۔ راتچ راوٕتھ - نگرانی - گشت۔

پہر دَر - راتچھدر - پہر دِنہٕ وول۔ یُس پہرس آسہِ - گارد - سنتری۔

پہر ڈری - پہر دِین - پہرس روزُن۔ راتچ روزُن۔ راتچ راوٕتھ کرنۍ۔

پہر دِین - راتچ راوٕتھ کرنۍ۔ نگرانی کرنۍ۔ گشت کران روزُن۔

پہرینی، پُھہرینی - م - س٘ول - پہرہن ‹ م سوٗ سالر ینی یوسہ تہٕ ٹکھی دارنہ تہٕ کیٚشرن دوہن بیہ گرری نہ ٹٹنہٕ

پہلوی۔ سوٗل۔ پہلوی > ف: پہلوی۔
> پہلو: ایران۔ پرانہٕ فارسی زبانٕچ ہند ناو۔

پہنو۔ م۔ سوٗل۔ پہنو > ؟ ۔ ناوِ مثر[1]
سو جاے پیٚتھ آب چھُ
سمان۔ پال وا۔

پے ع[1]۔ ن۔ سوٗل۔ پے > س: پیٚیہ۔
۱۔ سرِ بیٚہ۔ ۲۔ فوٗ وَ کھٕ۔

پے اَتٕرُن۔ زوٗ زرِ پیٚمتِس زوٗ اَتٕرُن۔
ہوٗ رِکھمتِس نازٕ گی بیٚرٕ (ٹکلِس بیتر)۔
نوٗن۔ بیمارٕس نوٗ سرٕ نازٕ گی
پھیٚرٕنی۔

پے یکُن۔ ۱۔ سر بیٚہ چلہٕ وٕن روزُن۔
۲۔ آمدٕنی نوٗتہٕ پاٗ کُھٹی چلہٕ وٕنی روزٕنی۔

پے پھیٚرُن۔ وُچھِو "پے اَتٕرُن"۔

پے ع[2]۔ ن۔ سوٗل۔ پے > پراکرِت: پیٚیہ
> س: پَد۔ مُ گُجراتی: پیوٗ۔
بیٚب نِشانہٕ۔ نِشال۔ کھوٗ بیٚتا۔
پیٚیس واتُن۔ اَصلِس واتُن۔ کُنہٕ چیٚزٕک
سرِ نوٗن کڈُن۔ کنُھ واتُن۔

پے بوزُن۔ ۱۔ کاٗنسہٕ ہُند بیٚب پُن۔
۲۔ سرِ کنُھ بوزٕنی۔ م،
پے بوزِ کھوٗ زمانس ستی
(مہجوٗر)

پے کھوٗن۔ (کُنہٕ کُن) جِیس کھوٗن۔
پے کڈُن۔ پیٚیس واتُن۔ کنُھ کڈٕنی۔

کاٗنسہٕ ہُند کھوٗ ٹِھکانہٕ معلوٗم کرُن۔

پے ع[3]۔ م۔ سوٗل۔ پے > س: پَر + واٹہٕ۔
مُ، سِندھی: پَلواڑو۔ گُجراتی: پَروارٕ۔
۱۔ دوٗ گَل دوٗ س۔ ۲۔ پِلی یار۔

پے ع[4]۔ ن۔ سوٗل۔ پے > س: پیٚیہ۔
یا پیٚیس۔ دوٗد۔ م،
سو ماں تا روٗ پی پے دِیے (لل دید)

پیٚغمبر۔ ن۔ سوٗل۔ پیٚغمبر > ف: پیٚغمبر۔
پاٗغمبر۔

پیا پے۔ پوٗتُس پتھ۔ لگاتار پے در پے۔
اَکھ اَکِس پتے۔ ژھٕلہٕ روٗس۔

پیام۔ ن۔ سوٗل۔ پیام > ف: پیام۔
شیٚچھ خبر۔ پاٗغام۔

پیٚیہ، پھیٚہ۔ ن۔ سوٗل۔ پیٚیہ > ہ: پہیا۔
> س: پوٗ پاس: پیٚنھٕ کرِ۔ ہگرٕ۔

پیٚپ۔ م۔ سوٗل۔ پیٚپ > انگ: پیٚپ۔
(PIPE)۔ ۱۔ نلکہٕ ٹھکرٕ۔ نلہٕ ٹھکرٕ۔
نور۔ ۲۔ (تموک چیٚنہٕ باپتھ)
نیچہٕ دار چِلم۔

پیٚل۔ [ م۔ سوٗل: پیٚل > انگ: پیٚل
(PILE) ]۔ فاٗتیچ ٹُر۔

پیٔن۔ سوٗل۔ پے > پراکرت: پیٚیے > س:
پچیتہٕ یا پراکرت: پیا دنہٕ > س:
پرتا پیتہٕ۔ نارٕ کڈُن۔ تاوٕ اَتُن۔
ناوٕ ستی سمانہٕ داکھ کملادٕنی ژیٚتر ہُند

(کانٛہہ چیز) نارس منٛز پوٚختہ بناوُن۔
(ورگہ) بگرکرُن۔ م، اَمِچ ژھُ پوٚژ مت۔

**پیٚٹھ پاکوٗ ٹھ** (برٛونٛہہ کُن واتن۔
(کانٛہہ چیز) پرٛتھ رنٛگہ تیار
سپدِتھ پیٚٹھنٛہ روٗس بنُن۔

**پیٚٹھ سوٗن**۔ ۱۔ شوٗزر روٗمت سوٗن۔
یتھ کھوٚ چِر کڑِنہٕ آسہ آمُت۔
۲۔ (ورگہ) ییٚس اَز مائیٚشو منٛز
دراٗمُت آسہِ۔

**پےٚ پناہ**۔ ن۔ سوٗل۔ پےٚ پناہ < بےٚ + پناہ، بےٚ < س: بدٛ + پنٛزٕ۔
نیب نشانہٕ۔

**پےٚ پناہ آسُن**۔ (کُنٛگُک) بنب نشانہٕ
موٗلوٗم آسُن (کُنٛہِ یا کانٛسہٕ ہنٛز)
خبر آسنٕی۔ (کُنٛہِ) واقفیت آسنٕی۔

**پےٚ در پےٚ**۔ سوٗل۔ پےٚ در پےٚ < ف: پےٚ در پےٚ۔ وُچھو "پیاپےٚ"۔

**پےٚ دل، پادل**۔ < ہ: پیدل۔ دوٚ کھلی۔
پکان پکان۔ پھٕتری۔

**پےٚ مانہٕ، پیمانہٕ**۔ ن۔ موٗل۔ پےٚ مان < ف: پیمانہ < س: پرِمانہٕ۔ ۱۔ میٚژر۔
میٚژر بانہٕ۔ ۲۔ جام۔ شراب
چینٛنک پیالہٕ۔

**پےٚ مائیش، پیمائیش**۔ م۔ سوٗل۔ پےٚ مائیش
< ف: پیمائیش < ف: پیما۔
ناپ۔ میٚژر۔ میٚنٛہ نوٗل۔

**پےٚ وَند، پیوٚنٛد**۔ ن۔ سوٗل۔ پےٚ وند۔
< ف: پیوٚند، ژند: پیتنٕ + بند۔
س: پرِتہ بنٛدھ۔ اَکہِ کُلیچ لَشڈ
یا اَچھ بیٚیس کُلس کوٗرِتھ لاگنٕی۔

**پےٚ وَند دار**۔ یتھ پےٚ وَندٕ کوٗرمُت
آسہِ۔ پےٚ وُنٛدی۔

**پےٚ وُنٛدی**۔ وُچھو "پےٚ وند دار"۔

**پےٚ ہم، پیہم**۔ < ف: پیہم۔ پوٚتس پتھ۔
لگاتار۔ پیاپےٚ۔

# پا

**پابنٛد**۔ سوٗل۔ پابنٛد < ف: پابنٛد۔
۱۔ گنٛڈِتھ۔ بنٛد۔ ہیٚنٛہ آمُت۔
۲۔ آوٕنرٕ۔ مانہٕ ھتھ۔ ۳۔ کُنٛزِ
کنھِ پیٹھ روزن دوٗل۔ پیٚنٛہ نہٕ کُنِہ
کتھِ نہٕ ڈوٗن۔

**پابنٛدی**۔ م۔ سوٗل۔ پابنٛدی < ف: پابندی۔
گنٛڈ۔ بنٛدِش۔ روٗٹ۔ رُکاوٹھ۔

**پابرجا**۔ بجا۔ بٕستھ۔

**پابرجایی**۔ بجاتہٕ بٕستھ آسنٕچ حالتھ۔

**پابڑ**۔ وُچھو "پپرا"۔

**پاپوش**۔ ن۔ گ۔ پاپوش۔ سوٗل۔ پاپوش
< ف: پاپوش۔ کھوٚرَ بانہٕ۔

پائزا۔ کوٗشش بینٛز۔

**پاپچھ۔** ن۔ ہوٗل۔ پاپ > س: پاپہ۔ گوناہ۔ اَنٛز۔ جُرُم۔ کانٛہہ بچھ کام۔ دوٗش۔

**پاپہ بوڈُن۔** پاپن منٛز ولنٛہ ییٛن۔ گونہن منٛز گیر گژھُن۔

**پاپہ دَشا۔** گونہی ہنٛز شاہمتھ۔

**پاپہٕ دَشٕر (عستی)** قسمتہٕ کاہ۔ گوپہٕ ہوٕ پیٛنہٕ نوٕ۔

**پاپہٕ دَرٛو۔** ماز۔ ناٹہٕ (ییمہٕ کھینہٕ چھیٛ پاپچھ یوان گنٛزرنہٕ)۔

**پاپہٕ کرم۔** ن۔ ہوٗل۔ پاپہٕ کرم > س: پاپہٕ + کرمٕ۔ ۱۔ پاپچھ۔ گوناہ۔ ۲۔ پاپن ہُند ڈنٛڈ۔

**پاپہٕ ہَرن۔** کشیرِ ہُند اکھ پوٛیتر ناگُک ناو۔ وَننہٕ چھُ یوان زِ اَتھ منٛز شرٛان کرنہٕ عستی چھ پاپچھ دوٗر گژھان۔ یہ ناگ چھُ اَننتھ ناگ تحصیلس منٛز ساُلی گامس نزدیکھ۔

**پاپچھ کھسُن۔** گوناہ کھسُن۔ جُرُم کھسُن۔ راہ کھسُن۔

**پاپچھ کھارُن۔** ۱۔ کانٛسہِ بیٛیہ کانٛہہ غلطا یا غلطی بینٛزِ کھارٕنی۔ پاپچھ ہاژھ کھارٕنی۔ ۲۔ (وَرگہٕ) تنٛزھ کانٛہہ کتھا کرٕ نی۔ ییمہِ عستی بیٛیس پاپُک

احساس گژھِ۔ م، تمہ ہرِ واتنٛہ نٛہ ہیٛے پرن بیٛون یا کھورن اَکھٕ لاگُن یِم گبہٕ پاپچھ کھارٕنی۔

**پاپی۔** گوناہ گار۔

**پاتال۔** ن۔ ہوٗل۔ پاتال > س: پاتالہ۔ زمینہِ تَل اَکھ لوکھ یا عالَم۔

**پاتال گوٕنٛج۔** شہ زھوٹینگہٕ ییٛس کوٕ ڈر آسَن۔

**پاتاُلی کون۔** ییٛس اَچھ زٕ بوٕن کنٛے آسَن۔ یُس بوٕن کُنٛفُ وُچھان آسہِ۔

**پاتٕج۔** م۔ ہوٗل۔ پاتٕج > س: پاتہٕ۔ شہ زھیٛن یُس اَکِھ دال ڈورِ بیٛیٹھ بیٛیس ڈورس آب وسنہٕ باتھ دِنہٕ چھُ یوان۔

**پاتھر۔** ن۔ ہوٗل۔ پاتھر > س: پاتٕر۔ (ل۔م)، پاتٕھ۔ (وَرگہٕ پاٹھی) ییٛس پاتٕھ آسہِ، ییٛس لِبا قتھ آسہِ۔ ییٛس شوٕنٛڈ آسہِ۔ م، کوٕ پاتھر سوٕ پاتھر۔

**پاتھُل۔** ن۔ ہوٗل۔ پاتھُل > س: پاد + ستھلہ۔ مادآنی زمین، خاصکرِ تھ کوٕ لِہ پیٛتھر۔

**پاتھلی۔** ۱۔ پیٛتھرٕ پیٛتھرٕ۔ بوٗنِ بوٗنی۔ بالوٗ بیٛیٹھی نہٕ۔ ۲۔ تِم تیٛز یِم نیوٗر یِن نہٕ سوزنہٕ۔

**پاتھُن۔** ن۔ ہوٗل۔ پاتھ > س: پراپ + کُ اُن۔ بوٗن۔ یٕٹن بیٛیٹن۔ ییٛی۔

پاتھہٕ ناوُن ۔ پآدٕ کرُن ۔ وہ پداوُن ۔

پاتھبوٗتُت ۔ بَنیوٗتُت ۔ پآدٕ سپُدمُت ۔ وہ پدیوٗمُت ۔ م ، یہ چھُنہٕ اَز تام پاتھبوٗمتے ۔

پاتھینی، پاڑھینی ۔ وَنہٕ بیٹھچ زنانہٕ ، نٕژ دیتھ گوٗ بازرٕ چ زنانہٕ ۔

پاٹاسی (پاٹیسی) گَژھُن ۔ ن ۔ سٔول ۔ پاٹاس > س: پاٹ یا پاٹھ + رَسہ ۔ م ، سَ: رساتلہ ۔ ۱۔ کانگرٕ نہٕ زیٖنی ۔ کانگرٕ وپتہٕ (یا رپتہٕ) گژھنی ۔

پاٹھ ۔ ن ۔ سٔول ۔ پاٹ > س : پاٹھ ۔ ۱۔ یہ کُنہٕ پوتھہِ ییکھتھ آسہِ تہٕ زیٖو ستی وَنُن ۔ ۲۔ سبق ۔ کتابہٕ دٔر راوہ ہنچ کآم ۔ ۳۔ اِشارہ یا پراہ کاسنہٕ موکھہٕ پھیرُن ۔

پاٹس بِہُن ۔ پاٹھ کرنہٕ بِہُن ۔

پاٹس بیہناوٕنی ۔ پاٹھ کرنہٕ خاطرٕ پرٕ ہمن آسنی ۔

پاٹھ پوٗزا ۔ عبادتھ بنٕ کرٕنی ۔

پاٹھ شالا ۔ م ۔ سٔول ۔ پاٹھ شالا > س: پاٹھ + شالا ۔ ژاٹہٕ ہال ۔ خاص کرِتھ سہ ژاٹہٕ ہال یتہِ سنسکرت پرناونہٕ یِییہ ۔

پاجہِ وار ۔ وُچھو "پاج" ، لفظس تَل ۔

پاجہِ وور ۔ ن ۔ سٔول ۔ پاجہِ وار > ف:

پائیچہ + س : وار ۔ م ، بیفہِ وور ، پائجامہ ۔ بیزار ۔

پاچہٕ ۔ م ۔ سٔول ۔ پاچ > ف: ایچہ ۔ دکٹہٕ ستر ، ژھاوٕلی ستر کوٹھو بٔوُن) ژنگہٕ ۔ پکہٕ موٚنڈٕ ۔

پاچہٕ کَشان کَڈُن ۔ کھکھرٕ دِتھ کڈُن ۔ جبرن کڈُن ۔

پاخانہٕ ۔ ن ۔ سٔول ۔ پاخانہ > ف : پاخانہ ۔ ۱۔ ٹٔیچ ۔ نآدان کرٕ ہنچ جاے ۔ ۲۔ گُس ۔ نآدان ۔

پاد ۔ ن ۔ سٔول ۔ پاد > س : پادَ ۔ ۱۔ کھور ۔ ۲۔ کھورُک نِشانہٕ ۔ تلہٕ پد ٹیک آکھ ۔ پوٗد ۔

پادَن پیوٚن ۔ کانسہٕ ہندین کھورَن پیٹھ کلہٕ نوٚمراوُن ۔ پَرَن پیوٚن ۔

پادٕ پرٕ نام ۔ کانسہٕ ہندین کھورَن نٔمُن ۔ کانسہِ ہندین پادَن پیٹھ پیوٚن ۔

پادٕ رٕکھ ۔ تلہٕ پدس کھورٕ پیٹھ یِنہ ٹھس نام گُنتی رٕکھ ، یہ چھےٚ راز ہنگ یا رازٕ آسنک نشانہٕ مانہٕ یوان ۔

پادٕ کمل ، پادٕ کمل ۔ پمپوشس ہوٕ دُسو نِدہ کھور ۔

پاد پھلنی ۔ کھورٕ گسہِ ہنی ۔ ٹکی ٹکی ٹھکُن ۔ پتہٕ گژھہٕ کرٕنہٕ ستی ژھیٖنتھ پیوٚن ۔

پادرٕ ٹھنی۔ (ر کاشرٕ پہٕ شدین کھوٚرن کُھفیہ کرٕ مُت۔ سیٚنہٕ زارٕ پارٕ کرُن۔ عاجزی کرٕ نی۔ ۲۔ پیناہ مَنگُن۔ شرن گژھن۔ ۳۔ آدر کرُن۔ یزت کرُن۔ تاظیم کرُن۔

پادر سہر۔ ن۔ موٚل۔ پادرٕ سہٕ > یادرا + س: سمہٕ۔ م ہ پادرا کیٹرا[ا] شیر ببر۔

پاداشن۔ ن۔ موٚل۔ پاداشن > ف: پاداش یا پاداشت۔ ۱۔ تکلیف۔ دوٚکھ۔ مُصیبتھ۔ پیڑا۔ ۲۔ سزا۔ پھل۔

پاداش تُلُن۔ سزا تُلُن۔ پھل پوٚگُن۔

پادرٕ ی۔ ن۔ موٚل۔ پادرٕ > اطالوی: پادری۔ لاطینی: پیٹر۔ م۔ س: پیتر۔ عیسائے مذہبُک پیشوا۔ گرٕ جُک زیٹھ۔

پادشاہ (پاتشاہ) ن۔ موٚل۔ پادشاہ > ف: پادشاہ[ا]۔ بادشاہ۔ سُلطان۔

پادشاہت۔ پادشاہی۔ بادشاہی۔

پادشاہ بائے۔ راز۔ مُلکٲنی۔

پادشاہ زادٕ۔ پادشاہ کوٗٹ۔ پادشاہٕ سُند نیٚچُو۔ راز کُمار۔

پادشاہی۔ م۔ موٚل۔ پادشاہی > ف: پادشاہی۔ ۱۔ حکوٗمت۔ راژ ہی۔ ۲۔ سیٹھاہ عاشش آرام۔

پادشاہی کرٕ نی۔ ۱۔ راژ ہی کرٕ نی۔ حکوٗمت کرٕ نی۔ ۲۔ عاشش کرٕ نی۔ آرامہٕ سیٚتؠ زِندگی گُذارٕ نی۔

پادشاہی وٕ ہنی۔ پنُن بجر تھٲوُن۔ پنٕنی اُڈہمی تھٲوٕ نی۔ پنٕنی شیٚبہ بجر س سیٚتؠ آسُن۔ (ورٕ گہ) بٔئین ہشر نہ تغیرے آسُنی۔ تہٕ وُنٕ بہ نہ تُھنٕی چلہٕ۔

پارع[۱]۔ ن۔ موٚل۔ پار > س: م پاداشت۔ کھوٚرباٹنگ تلہٕ پوٚد۔

پارع[۲]۔ ن۔ موٚل۔ پار > م۔ لانچ۔ بدنامی۔ ہانژھ۔

پارانُن۔ لانچ انُن۔ بدنامی کرٕ نی۔ کھرانُن۔

پارٕ یُن۔ لانچ یُن۔ بدنام گژھُن۔ کھرٕ یُن۔ ہانژھ کھسٕنی۔

پارع[۳]۔ پراکرت: پھاڑ۔ س: سپھاڑ۔ یہٕ چھُ اکھ پوٚت لوٚگ تہٕ مانٕنے چھُس نِلہٕ کرٕ نہٕ، پتہٕ کرٕ نہٕ۔ مثلن پتہٕ پار۔ تُرٕ پار۔

پارن ڈوٗنی۔ گلُنگ اکھ رٕسم یتھ منز مہرازٕ چھُ مہرینہِ نِشہٕ داہ ڈوٗنی رٹان تہٕ پٕنٕنی داہ ڈوٗنی چھُ مہرینہِ س تِمن پلیتاوان۔ (تہٕ گوٚ نہٕ رٕ سہ شتہٕ سٕنید مُکمل)۔

پارےع[۱]۔ م۔ موٚل۔ پارے > م ڈوٗنڈوٗرٕ۔ کرکھ۔ ہٕکھ۔ اعلان۔

پارے دِنی۔ نگارس ژٕ نڈ دِتھ ہٕکھ لاینی

یا اعلان بیٚنہٕ کرُن۔ ڈوٚ ٹنڈوٕرٕ دیُن۔

پارٕے ع۲۔ ین (وٚ ن)۔ بیٚین۔ لوٚکُٹ
جوٚے۔ پیٚرٕگ۔

پارِ ذاتھ۔ ن۔ مۆل۔ پارِ ذات < س: پارجاتہٕ۔
سوٚ رُگ اکھ کُل۔ وَ نہٕ چھُ یوان
زِ اَتھ پیٚس بہٕ مَنگِ تَس چھُ نہٕ بَنان۔

پارٕ ع۱۔ ن۔ مۆل۔ پار < ف: پارہ۔
ٹُکرٕ۔ چھَل۔ حِصہٕ۔

پارٕ پارٕ۔ ٹُکرٕ ٹُکرٕ۔ چھَلٕ۔ لوٚکٕٹ لوٚکٕٹ
پیٚشتی۔ پھِٹیٚشی (کُنہِ ٹیٚڈِس بیٚنہٕ س
بیٚنہٕ کٔرتھ) ۔

پارٕ پارٕ کرُن۔ پھُٹہٕ پھُٹہٕ کرُن۔ دوہ نہٕ
دوہ نہٕ کرُن۔ پیٚشتی پیٚشتی کرٕنی۔

پارٕ پارٕ گژھُن۔ پھُٹہٕ پھُٹہٕ گژھُن۔ دوہ نہٕ
دوہ نہٕ گژھُن۔ ٹُکرٕ ٹُکرٕ گژھُنی۔

پارٕ کرٕنی۔ کُنہِ ژیٚٹی ژیٚٹی نہٕ کرٕنہٕ۔ ٹُکرٕ کرٕنی۔
چھَلٕ کرٕنہٕ۔

پارٕد۔ ن۔ مۆل۔ پارد < س: پارد۔
۱۔ سیماب۔ ۲۔ یُس نہٕ کُنہِ اَکِس
جایہِ قرار کرِ۔ یُس نہٕ کُنہِ ڈیٚکِہ روزِ۔

پارُن ع۱۔ ن۔ مۆل۔ پارُن < دٕ ف: پیرا
< پیراستن۔ مستس واتنہِ کرنہٕ۔
مستس لوٚٹہ کرُن۔ مَس شیٚرُن۔
مستس گنگنی بیٚنہٕ کرٕنی۔

پارُن ع۲۔ ن۔ مۆل۔ پار < س: پار۔ ۱۔
رِسکہِ ہٕرِتھ دِنہٕ سینتی نفرنا نکس گنڈُن۔
اَکِہ طرفہٕ اَدٕر کٔنٕز ہیوٚر ہٕرِتھ دِنہٕ
سینتی وہنتھ شُکرٕ وچھُن۔ ۲۔
کُنی یا ٹینکہِ ہٕرِتھ دیُن یتھ نتھ یاکھ
زوٚن آبہ کرِ۔

پارُن ع۳۔ سارٕ ہیٚشد شہ ژھین یا یا پار ڈوٕرِس
آب اَتُر۔ ۲۔ لوٚکُٹ ڈوٕر۔ م،
ہاکہِ پارُن۔ ۳۔ تھَل وا اَتٕرٕنی۔
تھَل پاتنرٕنی۔

پارہ تھی شوٗرہ۔ ن۔ یول۔ پارہ تھی شوٗرِس: پارتھو
اشورہ۔ بیٹرِ ہیوٚ وُسٹ شوٗلنگ۔

پارٹی۔ م۔ مۆل۔ پارٹی < انگ:
پارٹی (PARTY) ۔ ۱۔ جماعتھ۔
چھوکھ۔ ۲۔ سال۔

پارٹی بازی۔ چھوکہِ وَدَل۔

پارچہٕ۔ ن۔ مۆل۔ پارچ < ف: پارچہ۔
۱۔ ٹُکرٕ۔ چھَل۔ ہتر۔ م، جِگرٕ پارچہٕ۔
۲۔ پاٹیوٗ کپڑ۔ ریشمی کپٕڑ۔ کپڑ۔

پارسَل، پارسلہٕ۔ ن۔ مۆل۔ پارسَل < انگ:
پارسَل (PARCEL) ۔ ڈاکہِ ذٔریہ
سوزنہٕ یا واتٕنہٕ چھُٹ یا بنڈل۔

پارسنگ۔ ن۔ مۆل۔ پارسنگ < ف:
پارسنگ۔ ۱۔ وٹہٕ یا وزن ہیچ کسر
تُرکرٕ ہیٚشد کوس۔ م، ترکرٕ چھُ
پارسنگ۔ ۲۔ دوہن تُرکرِ پاترٕن

وزن برابر کرہ پہ خاطر پُشتاں تو دوست
وزن۔

**پارسا۔** ن۔ ہوَل۔ پارسا ح ف: پارسا۔
نیک۔ شونت۔ پرہیزگار۔ ساد۔
خو دادوس۔

**پارسائی۔** پرہیزگاری۔ خودادوستی۔
شاشتزر۔

**پارسی۔** ہوَل۔ پارسی ح ف: پارسی ح پارس۔
۱۔ حضرتِ زرتُشت شُتد پارو۔
۲۔ ایرانگ۔ ایرانگ روزن
وول۔

**پارلیمنٹ۔** ن۔ ہوَل۔ پارلیمنٹ ح انگ:
پارلیمنٹ۔ (PARLIAMENT)۔
مُلکیچ قونون ساز مجلس۔

**پاروتی۔** م۔ ہوَل۔ پاروتی ح س: پاروتی۔
اہمالہ پرہ تنیچ کوٗر۔ شوہِ سِتر آشتیئی۔
سُتی ہُشد (دوٗ سرے میں زتمس مش)
ناو۔ ۲۔ اکھ ننابہ ناو۔

**پاڑ (کرہ ڈن)۔** ن۔ ہوَل۔ پاڑ ح س: ٹپار جنہ۔
۱۔ (کنہ پرس بینر) مل (کرڈن)۔
(کول یا کنہ ور بینر) صاف
(کرہ ڈن)۔ ۲۔ (ویرہ بیٹہ سینتی
آب شوے (کرہ نی)۔ پاں شوے
(کرہ نی)۔

**پاڑتھ۔** م۔ ہوَل۔ پاڑت ح س: م
ٹپرمار جنہ۔ پاڑہ ہنج آب بدلاوہ ہنج
نہ ہنبر کڈہ ہنج کام (کنہ پرہ بینر منتر)۔
کولہ ہُشد، کنہ پرہ بینر منترگ مل
کڈہ ہنج کام۔ کُنہ گنشہ جابہ ہُشد
مل کڈ ہنج کام۔

**پاڑن۔** ۱۔ آب بدلاوٗن۔ پڑون آب ہنبر کڈن۔
م، ناگ پاڑن۔ کوہ تنڈ پاڑن۔ ۲۔
صاف کرُن۔ مل کڈن۔ م، ٹنٹی پاڑنی۔
۳۔ دڑوٗ دیُن۔ م، شُترچھ پاڑان۔
۴۔ (دیگرہ منتر بتہ) کڈن۔ ۵۔
(ورگہ یا کھڑی) واہ وار کڈنہ نیُن۔
واہ واہ ہیتھ زلن (کا نسہ ہُشد
مال دولتھ)۔

**پاڑے۔** م۔ ہوَل۔ پاڑ ح س م ایہ چیبر۔
دہنرھے۔ ناپائی۔ نہ بون۔ کمی۔

**پاس ع۱۔** ن۔ ہوَل۔ پاس ح س: پار تھوَ۔
طرف۔ پوکھ۔ م، ڈیچھن پاس کھوڈر
پاس، دوٗ یُم پاس۔

**پاس ع۲۔** ن۔ ہوَل۔ پاس ح ف: پاس۔
۱۔ لحاظ۔ خیال (تھوُن)۔ ۲۔ ہوکھر۔
بایتھ۔ خاطر۔ ۳۔ رحم۔ آرہ انصاف۔
پاسہ خاطر۔ لحاظ۔ پاس۔
پاس بوڑن۔ لحاظ بوڑن۔ کانسہ ہشد
بڑ ننگ خیال تھوُن۔
پاس کرڈن۔ طرف کرڈن۔ پوکھ رٹن۔

بچاوُن ۔ طرفداری کرٕ ژ ۔ لحاظ وُچھُن ۔
پاس وُچھُن ۔ لحاظ وُچھُن ۔ کانٛسہٕ ہُنٛد
کاشہ اَثُر بیترِ ژالُن ۔ کانٛسرِ ہٕنٛز اَثُر
کرِتھ کیٛنٛہہ وَنُن ۔
پاس ع۳ ۔ ن ۔ مؤل ۔ پاس < انگ : پاس ۔
(PASS) ۔۱۔ اِجازَتھ نامہٕ ۔ ۲ ۔
اِمتحانَس بیترِ مَنٛز کامیابی ۔
پاس نیٛرُن ۔ کُنہٕ اِمتحانَس بیترِ مَنٛز کامیاب
گژھُن ۔
پاسِ انفاس ۔ ۱۔ شُہَن ہُنٛز فِکِر ۔ ۲۔ (تصوُفہ
مۄجُب) نفئے اِثبات (نفی اِثبات) ۔
پاسِ خُدا ۔ ن ۔ مؤل ۔ پاسِ خُدا < ف :
پاس + خُدا ۔ خُدایہٕ سنٛدِ خاطرٕ ۔
دَیہٕ سنٛدی ناوی ۔
پاسہٕ ع۱ ۔ طرفہٕ ۔ م ، یۄت پاسہٕ ، بڑوٚشہٕ
پاسہٕ بیترِ ۔
پاسہٕ ع۲ ۔ ن ۔ مؤل ۔ پاس < س : پاشہ ۔
نرٕد ۔ چھکہٕ ۔
پاسہٕ ع۳ ۔ ن ۔ مؤل ۔ پاسہٕ < انگ : پاس یا
س : پاشہ (بلیٛٹس) ۔ خانٛیس ،
بلہٕ ہشِہ دَرآے ، کاہ وَچھِ نَلہٕ
دٕراشت شۆد سوان بیترِ ۔
پاسہٕ ع۴ ۔ مؤل ۔ پاس < ف : پاس ۔
خاطرٕ ۔ مۆکھ ۔ خیال تھَوُتھ ۔
م ، دَیہٕ سنٛد پاسہٕ ۔

پاشکھ ۔ ن ۔ مؤل ۔ پاشکھ < س : پاستکہ ۔
۱۔ روچھ ۔ نظر گُذر
تھَوَن وول ۔ گرٕ دوٚنا ۔ پاشکھو دَر ۔
مۆکل ۔ ۲ ۔ اِشتہار (یُس خزانَس
رٲچھ روزان چھُ) ۔
پاشکھی دَر ۔ پاشکھ ۔
پاسبان ۔ ن ۔ مؤل ۔ پاسبان < ف :
پاسبان) رٲچھ ۔ روچھ ۔ رٲچھدر ۔
پاسبانی ۔ رٲچھ ۔ رٲچھرا وَٹھ ۔
پاس بُک ۔ ن ۔ مؤل ۔ پاس بُک < انگ :
پاس بُک ۔ (PASS-BOOK) ۔
بینٛکگ حساب کتاب یا کھاتہٕ یُس
گراکس نش روزان چھُ ۔ بینٛکچ اَتھ وَتھ ۔
پاس پوٹ ۔ ن ۔ مؤل ۔ پاس پوٹ < انگ :
پاسپورٹ (PASS PORT) ۔
دِنہٕ پروانہٕ ۔ سُہ اِجازَتھ نامہٕ یُس
بینٛنہٕ مُلکک بنہٕ تراوٕنہٕ تہٕ بیٛیِس
مُلکس منٛز اَژنہٕ باپتھ (کانٛسہِ
حکومتکہ طرفہٕ میلان چھُ) ۔
پاسدار ۔ ن ۔ مؤل ۔ پاسدار < ف :
پاسدار ۔ ۱۔ رٲچھ ۔ رٲچھدر ۔
یُس نظر گُذر تھَوِ ۔ ۲ ۔ لحاظ دَر ۔
یُس بیٛرٕ تھ کرٕ کی ژ ۔ یُس مان
ہٲوِ کرٕ ژ ۔
پاسرٕ ۔ ن ۔ مؤل ۔ پاسر < م؟)

بۆنٛٹھ ہفوٗ نہٕ باپتھ پھٹہٕ پھراٹہٕ
ٹُکرہٕ ہشد بنوومُت موٗ موٗلی کوٗٹھہٕ۔
پہر۔

**پاشٹھ۔** ن۔ مؤل۔ پاشٹ < س۔ پ:
پشٹھہٕ، پاشٹھ۔ یِیٚس اَنٛدرِ ی
گنٛڈ آسن یِیٚس نہٕ پٔینہٕ
ہنٛز ڈلہٕ۔ ہو ڈٔل۔

**پاشہِ کڈٕنہٕ۔** ۱۔ نان بیوٗن کڈٕنی۔ لکِنہ
کڈٕنہٕ۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) ژھٔنٛتی
کٔرِتھ ہنی ژارٕنی۔ زاوی جارن سٕتؠ۔

**پاکٹھ، پاکٹ۔** ن۔ مؤل۔ پاکٹ < انگ:
پوکِٹ۔ (POCKET)۔ ۱۔ بغلہٕ۔
۲۔ یاداشت بیترٕ لیکھنہٕ کہفوٗ نہٕ
باپتھ ہوٚکُٹ نوٹ بُک۔ پۆکٕ
لفظ چھُ پاکٹ بُک۔

**پاکھ ع۱۔** ن۔ مؤل۔ پاک < س: پاکلہٕ، پاکہٕ۔
شہ گنٛڈ ماڈیٚس پھیپھرس بیترٕ نیران
چھُ۔ پال۔

**پاکہٕ پھیپھرٕ۔** یتھ پھیپھرس پاکھ آسہٕ۔
پاکہٕ بٕرِتھ پھیپھرٕ۔

**پاکہٕ پھیوٗر، پاکہٕ پھیوٗر۔** پاکہٕ قطرٕ۔

**پاکہٕ ٹھسرٕ، ٹھسرٕ۔** پاکہٕ سٕتی جارنہٕ
آمُت پھیپھرٕ۔ پاکہٕ بٕرِتھ پھیپھرٕ۔

**پاکہٕ چارٕ۔** پاکہٕ ڈگ۔ پھیپھرٕ پاکہٕ بٕرِتھ
آسنہٕ کنٛزٕ یوسہٕ ڈگ پھٕٹے
آسان (خاصکٔرِتھ پھیپھرٕ کٔٹنہٕ
بڑوٗنٛہ)۔ پھیپھرٕ پھٹنس و وتِھمُت
آسُن۔

**پاکہٕ ڈگ۔** ۱۔ پاکہٕ چار۔ پھیپھرس پھٹنہٕ برونٛہہ
یُس سٕخ دود کران چھُ۔ ۲۔
سٕخ ڈگ۔

**پاکہٕ شَل۔** شٹھیوٗمُت پاکھ۔

**پاکہٕ لَد۔** ۱۔ یُس یا یتھ پاکھ آسہٕ گوٗمُت۔
یُس پاکھ آسہٕ وسان۔ یتھ
پاکھ پور آسہٕ۔ پاکہٕ دار۔ پاکہٕ بٕرِتھ۔
۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) بیہوال، کامہٕ ژور۔

**پاکھ ع۲۔** ن۔ مؤل۔ پاک < س: پاکہٕ۔
رَن گٔرکہٕ، رَن جوش۔

**پاکہٕ اَنُن۔** پۆرٕ گرٕ کوٗ کَرٕانُن۔ ٹھیکھ پاٹھی پاکناوُن۔
ٹھیکھ پاٹھی رَنُن۔ واریہٕ سٕتین راوُن۔

**پاکہٕ دار۔** یتھ سیٹھا پاکھ آسہٕ دِتھمُت۔
پۆرٕ گرٕ کوٗ کوڈمُت۔ ٹھیکھ پاٹھی
روٗٹھمُت۔ سیٚنیومُت۔

**پاکہٕ دوٗر۔** بہٕ زٕنِتھ تہٕ زُ ہتے روزٕ۔ بہٕ
سیٹھا پاکھ دِتھ تہٕ سیٚنہٕ تہٕ۔
بہٕ سیٚنہٕ نس سیٹھا وق لگہٕ

**پاکہٕ دڑاو، پاکہٕ دڑامُت۔** پاکوٗمُت، روٗٹھمُت۔
رَنِتھ نَکہ دڑامُت۔ یتھ دوہی بییہٕ
پاکھ دِنگ ضروٗر وٕرِتھ آسہٕ۔
پۆرٕ سیٚنیومُت۔

پاکہ کڈّن ۔ پاکہ ناوُن ۔ پوُرہ پاٹھی رَئن ۔
پاکہ ناوُن، پاکہ وُن ۔ گڑکہ دی دی پاکہ اَنُن ۔
گڑہ کو کڈّن ۔ رَئن (بتہ سیٹن بیئر) ۔

پاکہ نُن (لا پئن) ۔ پہ خفتن (ببیپھ بیئر) ۔
۲ ۔ تیشھ تاہ پن یئھ لاے پھیپڑنس
بیپھ داتہ (کاثہ داتہ بیئر) ۔

پاکہ نیئرن ۔ ٹھیکھ پاٹھی پاکھ لگن ۔ پاکناوبہ
پن ۔ پوُرہ اسپنن ۔

پاکہ نیشار ۔ رَئن پاکھ ۔

پاکہ پُن ۔ ۱ ۔ پوُرہ پاکھ لگن ۔ ٹھیکھ پاٹھی
سپنن ۔ پوُرہ گڑہ کو نیبرن ۔ ۲ ۔
پئن ۔ کھٹنس تیلد آشن (ببیپھ)

پاکھ دیُن ۔ ۱ ۔ پوُرہ پاٹھی گڑ کو کڈّن ۔
پاکہ ناوُن ۔ گڑکوی گڑکوی یا
دَس تخوبتہ کیئبہ سینی راوُن ۔
۲ ۔ ژیرہ لاگن ۔ ہیپھ کرہ ذ ۔ کتھ
بسر تڑاو ذ ۔ ۱ م، شہ گھتہ بیپھ
چھ اکتہ کامہ پاکھ دِوان ۔

پاکھ لگن ۔ ۱ ۔ گڑہ کو نیبرن ۔ گڑہ یکہ آسُن ۔
دَنتہ پن ۔ ۲ ۔ ژیرہ لگن ۔ ڈلی ڈ لیہ
سو کلپنی (کاثہ کام بیئر) ۔

پاکھ ع۳ (پاک) ۔ ہوُل ۔ پاک < ف : پاک ۔
۱ ۔ ستھرا وُتہ ۔ نیرمل ۔ پوُبیتر ۔ شنوَد ۔
حلال ۔ ۲ ۔ بے گنہ ناہ ۔
بے خو صوُر ۔

پاکباز ۔ < ف : پاکباز ۔ ٹیڑی یور یا ایماندار ۔
نیک نیتھ ۔ سیتہ شنوَد عصمتھ دار ۔

پاکبازی ۔ [ < ف : پاکبازی ] ۔ پاکباز
آسنیچ حالتھ ۔

پاکھ (پاک) پَرورِدگار ۔ پتہ بے قوصوُر
آسنک داوا کرہ پتہ پئژ خو دا یہ
ستھرِ پاکی ہشد تصدیق کرہ ہو کھ
دَنتہ بوان ۔

پاکھ (پاک) چھ خو دیے ۔ تمہ وِز
وَنتہ بوان بیلہ پاوُن آسرِ ز
کو ناہ نہ آسی تن یشد چھ یثر ۔

پاکھ (پاک) دامن ۔ < ف : پاکدامن ۔
ستھلمان ۔ عصمتھ دار ۔ شنوژ (زنانہ)

پاکھ (پاک) دامنی، پاکدامانی ۔
< ف : پاکدامنی ۔ پاکھ دامن آسُن ۔
کانسہ ہشد دانہ روُس آسُن ۔
ستھلمان آسُن ۔ با عصمتھ آسُن ۔

پاکھ دامنی کرہ ذ ۔ ژوُر چیز تھتہ کنہ واپس
تڑاوُن ز ماکس تَرتہ فکر زوار یہو
ہاتڑلد لوکو مستر کنی اکی اوس
نتومت ۔

پاکھ (پاک) کرُن ۔ ۱ ۔ صاف کرُن شنوژ راوُن ۔
۲ ۔ حلال کرُن ۔

پاکھ (پاک) نظر ۔ یئس نہ کانسہ
بد نظر وُچھ ۔

**پاگل** ۔ سۆل ۔ پاگل < م: ہندی، بنگالی: پاگل) موٚت ۔ یُس یَس نین حواسَن مَنٛز آسہِ نہٕ ۔ یَس دماغ ٹھیکہٕ آسہِ نہٕ ۔ یُس اورِ یورِ کتھہٕ آسہِ کران ۔

**پاگل پَن** ۔ مُتٕل ۔ مَتٕر ۔ نادأنی ۔ اَحمقأنی ۔

**پاگل خانہٕ** ۔ سُہ جاے یتہِ مَتٕین تھوان یا علاج بینہِ کران چھِ ۔

**پاگل کرُن** ۔ مَتٕر اَنُن ۔ موٚت بنادُن ۔ نوٚشکیتھٕ اَنٕنی ۔

**پاگل گژھُن** ۔ مَتُن ۔ موٚت گژھُن ۔ یَتھ نین حواسَن مَنٛز نہٕ روزُن ۔ دماغ ڈلُن ۔ کاڈٕی خراب گژھنی ۔

**پاگل گی** ۔ مَتٕر ۔ مُتٕل ۔ دیوانہٕ گی ۔ لوٚرکہٕ پأٹھی بیوقوفی ۔

**پال** ۔ ن ۔ سۆل ۔ پال < س: پالہٕ ۔ (یوٚت لوٚگ) ۔ م، رکھتہٕ پال ۔ داوِ لوٚکہٕ پال ۔

**پالکھ**[۱] ۔ < س: پا لکہٕ ۔ پالَن ہار ۔ رَچھِن وول ۔ سَرپرست ۔

**پالَن ہار** ۔ پالَن وول ۔ رَچھِن وول ۔

**پالُن** ۔ ۱۔ رَچھُن ۔ پھانٛپھلاوُن ۔ کأنسہِ سَرپرستی کرٕنی ۔ ۲۔ پوٗرٕ کرُن ۔ پوٚت نہٕ ہیوٚن ۔ م، یہِ واد چھےٚ پالُن، یہِ حُکُم چھےٚ پالُن ۔ یہِ رسم چھےٚ پالُن ۔

**پالناوُن** ۔ ۱۔ کأنسہِ اَکھہِ رَچھناوُن ۔ پھانٛپھلاوناوُن ۔ ۲۔ پوٗرٕ کرناوُن (لفظ، ریتھ، رِواج)

**پال ہینٛز** ۔ ریتھ پالٕنی ۔ ریتہِ مُطأبِق کانٛہہ دوہ مناوُن ۔

**پالکھ**[۲] ۔ م ۔ سۆل ۔ پالک < پراکرت: پالکا < س: پالکیا ۔ اَکھ سبزی ۔

**پالنگ** ۔ ن ۔ سۆل ۔ پالنگ < ف: پا+ انگ ۔ زوہ بینٛڈُل کٕرِتھ گرٕ دِنہٕ پیٹھی زنگن گنٛڈ ژھنِتھ سزا دِنٕک اَکھ طریقہٕ ۔

**پالنگ پھِرُن** ۔ پالنگ کرُن ۔ زوہ بینٛڈُل کٕرِتھ کأنسہِ گرٕ دنہٕ پیٹھی زنگن گنٛڈ ژھنُن ۔

**پالش ۔ پأرِش** ۔ م ۔ سۆل ۔ پالش < انگ: پالش ۔ (POLISH) ۔ رنٛگ روغن بینہِ ییمہِ سٟتین کینٛہہ پٕرزلاوان چھِ ۔

**پأرِش کرٕنی** ۔ بوٗٹس بیترِ پأرِش یا رنٛگ بیترِ کٕرِتھ چمکھ اَنٕنی ۔

**پأرِش کھارٕنی** ۔ (ڈکہِ بیترِ) رنٛگہٕ روغنہٕ سٟتی چمکھ کھارٕنی ۔ تایہٕ ناوُن ۔ چمکاوُن ۔

**پائیچ** ۔ م ۔ سۆل ۔ پائچ < س: پالہ ۔ کانُل ۔ سُہ کوٚٹ ییمہِ پیٹھی کولِ یا نالَس بیترِ اَلوٗر ترٛان چھِ ۔

**پالکی۔** [م۔ سٕوَل۔ پالکی < ہ : پالکی < س : پریںنکہ۔] ۔ ڈوٗلی۔

**پالیز، پالیز ؏۱۔** ن۔ سٕوَل۔ پالیز < ف: پالیز۔ لٲر باغ یا ہیٚنٛد وہنٛد باغ۔

**پالیز ؏۲۔** ن۔ سٕوَل۔ پالیز < ؟۔ فالیج۔ اَکھ پاس رٲوزِتھ گژھُن۔ کوٚٹینگ۔

**پالسی۔** م۔ سٕوَل۔ پالسی < انگ : پوٗالسی: (POLICY) ۔ ۱۔ کانٛہہ کٲم کرنٕک اُصوٗل۔ خاصکر تھ سہ اُصوٗل یتھ پیٹھ سرکار پکان چھےٚ۔ ۲۔ چال۔ ژوٗہ ے۔ سازباز۔ ۳۔ بیمہٕ کمپنی ہنٛد سہ دستاویز یتھ پیٹھ بیمہٕ کرٕنکی شرط۔ بیمہ کرن وٲلی سٕنٛد ناو، نمبر بیترِ تہٕ رقم درج چھُ آسان۔

**پالسی باز۔** پالسیہ کرنس منٛز ماہر۔ چالباز۔ ژوٗہ یہ گوٚر۔

**پالسی کرٕنۍ۔** سازباز کرن۔ چال یا ژوٗہ ے بیتر کرٕنۍ۔ سٕرزواز کرٕنۍ۔

**پلٕنے کرٕنۍ۔** زمینس سٕگ دِین۔ سگہٕ وُن۔
م، ژکھ لاگنے یِم پالنے کرن
پتہ پیٚٹھ ییکھ ٹبڈ رہکلے
(نٛندرٕ یوٚش)

**پام۔** م۔ سٕوَل۔ پام < س: اُپالمبھ یا ؟ پامر۔ طانہٕ۔ ہرنہٕ یا ٹھ ڈُنی ہٕنٛز ترٛزھ کانٛہہ کُنھ بیٛمہٕ سٕتنی تنٛتر ووتھ۔

**پامن لگُن۔** کانٛسہٕ ہٕنٛزن کتھن لگُن۔ پامن لایق گژھُن۔ ہیڈٕ نس لایق گژھُن۔ بیے نوٚ صوٗرٕ ہٕسٕنہ نہٕ توٚ ہٕمہٕنہ لگنی۔

**پامہٕ پام (کرٕنۍ)۔** پانہٕ وِنی پامہٕ ووٚت کرن۔ اَکھ اَکس کُنھ دِنہٕ۔

**پامہٕ دِنہٕ۔** طانہٕ دِنۍ۔ ہیڈٕن گیلُن۔

**پامہٕ روزنہٕ۔** کُنھ روزنہٕ۔ بدنامی گژھنۍ۔ ہیڈن لایق گژھُن۔

**پامہٕ ووٚت، پامہٕ ووٚنتر۔** پامہٕ پام۔ پامہٕ ہینہٕ۔ تیٚتھ کینٛہہ کرُن یُتھ پامن لایق گژھِہ۔

**پام لگنی۔** پام پینی۔

**پامال۔** سٕوَل۔ پامال < ف: پامال۔ کھنہٕ موٚنجہٕ گوٚشت۔ برباد۔ تباہ۔

**پاں۔** < س: پاپنیہ۔ بہٕ چھُ اَکھ ہرٛوٚنہٕ لوٚگ۔ یمن لفظن بہٕ ہرٛوٚنہٕ یوان چھُ تم چھِ 'پونۍ' لفظس تل دِنہٕ آمتی۔ م، پاں ژادر۔ پاں شوٚہ ے۔ پاں پرُد۔

**پان ؏۱۔** ن۔ سٕوَل۔ پان < س: آتمن۔ ۱۔ جسم۔ سوٚر۔ کاے۔ بدن۔ تَن۔ ۲۔ (پنُن) ژوٗ۔ پنُن وجوٗد۔ م، زانیم پان پنُن۔

**پان پیوٚر کرُن۔** پنُن پان اَنٛزرس منٛزرس

ژانُنہٕ بایتھ یا ٹوٗکھ کرِتھ بُرژھی کأنسہِ رَٹنگُن ۔

**پان دِیُن** ۔ ۱۔ کأنسہِ ہٕندِ بَدَل پَنُن پان تُمِتھ دِیُن۔ چھَپِتھ لَگُن ۔ ۲۔ ژُوٚرِ ژھیپِہ کھیلِ گِنٛدَن وِزِ کأنسہِ پانس تھَپھ کرِتھ دِنۍ۔ لَگُن ۔ یہِ چھُ اَکھ گِنٛدَن لَفظ ۔

**پان رَزِ کھارُن** ۔ ۱۔ پان ترٛوٗدِ ژھنُن۔ ۲۔ پَنُن پان اَلمَن کھارُن ، ہٕشِنگہٕ ناوُن ۔

**پان گالُن** ۔ ۱۔ زوٗژ ژٕنُن۔ کُنہِ کامہِ بِنٛز پَتھ دِلہٕ جانہٕ لَگُن ۔ ۲۔ پَنُن پان ہوٗکھراوُن ۔

**پان لَرٛژھِ کرُن** ۔ کیٛنٛہہ تیٛتھ کرُن یِمہِ سٍتۍ پانس کانٛہہ قدرِ روزِ نہٕ ۔

**پان مارُن** ۔ ۱۔ خوٗدکُشی کرٕنۍ۔ پانہٕ مور کرُن۔ ۲۔ سَخ پَشتاوُن۔ سَخ افسوٗس تہٕ ماتَم کرُن۔ کُنہِ کتھِ بیٛتھ جبیرِ بیٛتھ زَجیہ پیٛچہِ ژٕٹنس وانُن ۔

**پان موٗلہٕ ناوُن** ۔ پانس بوٗسِش کھارُن۔ تھکُن ۔

**پان وَنٛدُن** ۔ بَلایہِ لَگُن ۔

**پان ہاوُن** ۔ دَرشن دیُن، کُھٹِتھ نہٕ روزُن ۔

**پان ع۲** ۔ ن ۔ مٲل ۔ پان ح۔: پان ۔س: پَرنہٕ ۔ اَکھ قٕسمُک پَنہٕ یُس بیٛتھ

مَنٛز وُٹھِتھ مٕٹھِتھ چوٗنہٕ تہٕ سُپٲرۍ بِنٛزِ ژانہِ بایتھ کھوان چھِ۔

**پانہٕ پوٚٹ** ۔ شہ تاسہِ پوٚٹ یتھ بیٛٹھ پانہٕ وُکھرِچ شکل آسان چھےٚ ۔

**پال دَچھ** ۔ اَکھ دَچھِ ذاتھ (دَچھ چھےٚ اَکھ میوٚہ) ۔

**پانکھ** ۔ ن ۔ مٲل ۔ پانک ح س: پانکہٕ ۔ اَکہِ قٕسمُک مَس۔ اَتھ چھُ آسان ماچھ، مُدرِیر، مَرِژ، اَلہٕ تہٕ ژٕنٛدَن بِنٛزِ ترٛاونہٕ آمُت ۔

**پانہٕ** ۔ مٲل ۔ پان ح س: آتمن ۔ ۱۔ ذأتی طور۔ بیٚیِس بیٛٹھ ترٛاوِتھ نہٕ ۔ بیٚیَس سٕنٛدِ ژرِ کیہِ نہٕ ۔

**پانس** ۔ ۱۔ جِسمس ۔ بدنس ۔ تنس ۔ م، نس چھےٚ سارِی ہیے پانس گرمی دِژامٕژ ۔ ۲۔ پنہٕ تِس ذوٗس ۔ پانٕی پانس ۔ م، پانس کوٚرُن گِنٛدِ گِنٛد تہٕ یتھ حالس ووٚت ۔ ۳۔ پننہِ جایہِ م ۱، بیٛشاکھ ژِٹیٛن گلیٚ شہ چھُ پانس مُطمٔین ۔ ۲۔ بیٚیہ پانس ۔ سہ بیٚیس کأنسہِ ہٕنٛدِ خیال تھوٚونہٕ روٗس۔ م، سٕنٛزِ پانٕژ اُڈوتی ترٛاوِتھ گوٚو شہ پانس نشاط ۔

**پانس پانس** ۔ ۱۔ ہیوٚن ہیوٚن ۔ اَلگ اَلگ طرِیقہٕ یا وَنہِ (پانٛژھی) ۲۔ پَنہٕ پَنہٕ

پانس پیٹھ پیٹھ لوکن طبابتھ ۔ پانٕ
ناجایز کٔرِتھ لوکن واط پیٹرن ۔

پانس تام نہٕ آسُن ۔ ۱۔ پانٕ تھوٚدی
نہٕ آسُن ۔ ۲۔ جسس منتر نہٕ آسُن ۔
پننِس نفوبہس منتر نہٕ آسُن ۔

پانس تام نہٕ روزُن ۔ بے اختیار سپدُن۔
پانس پیٹھ نہٕ قوبو روزُن ۔ کُنہِ
اَثرس تَل یِتھ سوٚن دوگُن نہٕ
لبنہٕ یُن ۔

پانس وَنٛدُن ۔ پننِہ بلایہ دِیُن ۔
(ووٚرگر یا آٹھی) پرواے نہٕ کرُن ۔

پانس واتُن ۔ پنُن خیال تھوُن ۔ پننہٕ
زوٚک خیال تھوُن ۔ سُشر پرس
بلالہٕ کرُن ۔

پانے ۔ ۱۔ ذاتی طور ۔ بذاتہٕ خود ۔ پننی اختیارٕ
پننی زیو ۔ ۲۔ پننی مرضی ( بییے
سِندس بیٹھ نہٕ ) ۔

پانٕ خوٚدی ( خوٚدی ) ۔ ۱۔ یُس پننی مرضی یکرٕ
یُس پننہٕ نی رایہ ترایہ آسہٕ ۔ یُس
نہٕ دوٚیمہِ سُند مانہٕ کرِ ۔ یُس نہٕ
زٕ کٹین تیشد پرہلسہٕ کرِ ۔ ۲۔
پانے، پننہٕ مرضی ۔

پانٕ موٚر ۔ پان مارُن ۔ خود کُشی ۔

پانٕ موٚر تُلُن ۔ بتھہِ بتھہِ دِنی ۔ پان زیٹھے
کرٕ نی ۔

پانٕ موٚر تراوُن ۔ پانٕ موٚر ژھٔنُن ۔ (کُنہِ
کتھہِ باپتھ) توٚندٕ چھن لگُن ۔
پننِس پانس حالہِ بد کرُن ۔

پانیو پانیو ۔ بییے سُندٕ رَژھ نہٕ
خیال تھوُن ۔ پننہٕ نے یوت
سرُن ۔ نفسا نفسی ۔ اکھ نہٕ بییس ۔
م، سُہ گرٕ کتہِ کھسہِ بیترٕ پانیو پانیو
آسہِ ۔

پأنی پانٕ ۔ پانے ۔ ذاتی طور، بذاتہٕ خود ۔
پننی مرضی ۔ پننی اختیارٕ ۔

پأنی راوُن ۔ پننِس اَتھس تَل یا اِستیمالس
منزٕ اَنُن ۔ ۲۔ پنُن بناوُن ۔ پننِس
اَثرس تَل اَنُن ۔

پانٕ نیثار ۔ ن ۔ سوٚل ۔ پانٕ نیثار ۔ <س:
آتمن + ک نیثار ۔ پننہٕ نے زانُن ۔
بٔینیرٕ نہٕ زانُن ۔ وو پلأزی نہٕ بوزٕنی ۔
پانٕ ڈُنی کنٕ آسُن ۔

پانٕ وٕنی ۔ سوٚل ۔ پانٕ وٕنی <س: آتمن +
پراکرت : پَنہ ۔ ۱۔ اکھ أکس عستری ۔
م، پانٕ وٕنی گٔژھنا کنہٕ پانہٕ تھوٚنی ۔
۲۔ اکھ أکس ستری زٔلتھ (پنٔنی
رشتہٕ دأری منٛز) ۔ م، پانٕ وٕنی
گرٕ عخشی ۔

پاند، پاں ووٚد ۔ ی سول ۔ پاند، پاں وَد < ؟
پاد + نَدَ]۔ کھاہک کھورٕ تلک ڈور ۔

کھاہس مَنٛز ساری نے بوہ کُنِتھ
ڈُور۔

**پانپر۔** ن۔ ہۄل: پانپر < س: آتمن + ک: نپر۔ بیاکھ نہ پَنہٕ نے زانُن۔ پانہٕ نِشار بوزُن۔

**پاتھپر۔** ن۔ ہۄل۔ پاتھپر < س: پَدمہ پر۔ کشیٖر مَنٛز اکھ شرٕ ے بَینِک کوٚنگ مَشہوٗر چھُ۔ ڈیٖچھو "پوٚتھپر" تہٕ۔

**پان پَروٗد (دِگرٕ ھمٔن)۔** ن۔ ہۄل۔ پانپرد < س: پانیہ + پَرہ۔ وو پَر جایہ ہُند پوٚنی تہٕ دُیِن۔ وو پَر آبہٕ ہوا (دِگرٕ ھمٔن)۔ بیٚیس جایہ ہُند آبہٕ ہوا راس نہٕ یُن۔

**پان دان۔** ن۔ ہۄل۔ پان دان < ہ: پان + ف: دان۔ مُ، س: پَرِ نہ + دھانہٕ۔ پان تہٕ اَمِیک مَسالہٕ تھوٚنک ڈَبہٕ۔

**پانڈو۔** ن۔ ہۄل۔ پانڈو < س: پانڈو۔ ۱۔ پَنڈُو سُنٛدی شُری تہٕ نُری بیٚنز۔ یُدھشٹر، ارجُن، بھیِم، نکُل تہٕ سہدیو۔ ۲۔ بُہو دُر۔ جفاکش۔ بینچھتی۔

**پانڈو لَڑ۔** سیٚٹھا پرانہٕ وَقتچ کاشُہ کَنہٕ مَنٛدوری (بیٚیِسکی ووہ ذٕ

کَیٚنہٕ آثار ے رُود کی ہنی چھَ۔

**پاں زال۔** ن۔ ہۄل۔ پاں زال < س: پانیہ + جالہ۔ واپِتھ۔ اکھ بیماری یَتھ مَنٛز پانس نَکی نَکی دانہٕ نیران چھ۔

**پانژٕشُن۔** ن۔ ہۄل۔ پانژشُن < م۔ ۱۔ یَتھ پانژوُ وَزن آسہِ۔ یہ کیٚنژھا تولہٕ تلہٕ پانژوُ نیر (پانژوُ گو تژ ے سیر)۔ ۲۔ یَتھ بانَس بیٚتر مَنٛز کُنکی تژ ے سیر واتَن۔ تژن سیرن ہُنٛد ہیٚتر بانہٕ۔ سہ بانہٕ یَتھ مَنٛز تژ ے سیر اَناجِہ رٔٹہِ ہن۔

**پانژوُ۔** ن۔ ہۄل۔ پانژوُ < م۔ کُنکی تژ ے سیر (اَناجکی بیٚتر)۔

**پانژوُیِن۔** ڈیٖچھو "پانژشُن"۔

**پانژیب۔** م۔ ہۄل۔ پانژیب < ف: پازیب۔ اکہِ قِسمک زیو نہِ گوڈ۔

**پانژال۔** ڈیٖچھو "پَینژال"۔

**پانژھ۔** ہۄل۔ پانژ < س: پَنچہ۔ ژور تہٕ اکھ۔ اکہِ کم شیٚتھ۔

**پانژہٕ تریُٹ۔** پانژہٕ تَرن۔ امرناتھ گَژھون اکھ پَڑاو۔ اَتہ چھِلیہ امی ناوکہ اکہِ نالہِ چہٕ پانژھ لَنجہ تَرن یوان۔

**پانژہٕ گرِش۔** پانژان ناکارہ گَرِ یَتھ گَژھِن ہُند یکجا آسُن۔ ہُنٛگہِ مَنگہٕ بَلاین ہُند

بیٹھ ییوٚن۔ ژٕ واپور بلایہ ؤتھنہ ییٚنہٕ۔

پانژٕ گرٕدِش میلٕنی (وۄہ تھٕنی)۔ بلایہ منٛزٕ وٕلنہٕ ٹُن۔

پانژٕ وٕے۔ اۄنگج چھنہٕ ہشہٕ۔ ساری چھنہٕ دِیَن ہوی تھٕری ہتی۔

پانژھ تۄتھ۔ یِم پانژھ عناصِر یِمو سٕتی زِگتھ بنیوٚمُت چھُ، تہٕ دِیتھ گوٚ سورُے زِگتھ۔ یِم چھِ زٕمین، آب، نار، ہوا تہٕ آکاشں۔

پانژھ ارکان۔ < س: پنٛچ + ع: ارکان۔ اِسلامکی پانژھ بُنیادی رُکُن، تہٕ دِیتھ گئے کٔلمہ (کٔلِمہ)، نماز، روزٕ، زکات (زکواۃ) تہٕ حج۔

پانژھ نماز۔ نمازہ ہس پانژھ وَق۔ صبح نماز، پیٚشِن نماز، دِگر نماز، شام نماز تہٕ خۄفتن نماز۔

پاو۔ م۔ ہُوٗل۔ پاو < س: پاد۔ ۱۔ ژوٗرِیم حصہٕ۔ سیرُک ژوٗرِیُم حصہٕ۔ ۲۔ نیٚوَت زیوٚٹھ یوَت اَتھٕ وار آوِتھ کسہٕ ہشدِ ٹینڈِ بیٹھ بنہٕ ٹھُس ٹینڈس نام آسان چھُ۔ ۳۔ سُہ گرٕ ٹکہٕ یٚیمہٕ سٕتی ژٕبٕنن بیٹھ کنہٕ یا منٛزس گنٛڈ ہیوان چھِ۔

پاوگنٛڈ۔ ٹکہٕ پاو سٕتی داسس، لبہٕ یا ژٕبِنِس بینہٕ گنٛڈ ہیوٚن۔

پاوکرٕنی۔ اکھ اکس پیٹھ بچھ پاو لاگنہٕ، پاوٕ ٹھکٕنہٕ۔

پاونفری۔ شہ انہار گزٕ وسں یُس ماکہ توتوٕنہٕ سوٚ جوٗب باہ کنالہٕ زیادٕ آبی زمین کھسیرٕ ہتہٕ۔

پوو ع۲۔ پاوٕ ہشُد۔ بہٕ وزنہٕ یاز پھُر تکہٕ پاو آسہٕ۔ م، ڈابہٕ پوو۔ پانژٕ پوو بیترٕ۔

پاوَر۔ ن۔ ہُوٗل۔ پاوَر < انگ: پاوَر (POWER)۔ ۱۔ بجلی۔ بِجلی ہُنٛز لہر۔ ۲۔ طاقتھ۔ زور۔ زور بیترٕ۔ ۳۔ اِختیار۔

پاوَر ہوس۔ ن۔ ہُوٗل۔ پاوَر ہوس < انگ: پاوَر ہوس]۔ بجلی گرٕ۔ سُہ کارخانہٕ یتہٕ بجلی آسہٕ پاد یوان کرنہٕ۔

پاوَرٕ ین۔ بجلی یٚنہٕ۔

پاوٗر ع۱۔ ن۔ ہُوٗل۔ پاور < س: پٕراور۔ ڈلنہٕ ٹلنہٕ ۔ پرکھ انٛد آورتھ۔ تہٕ دیتھ گو روزان جلے۔ لریوٚنتا۔ لوکٹ لرہن۔ گٔنڈرس سوٚمب جاے۔

پاوٗر ع۲۔ ن۔ ہُوٗل۔ پاور < پراکرت: پاوٕرٕ < س: پاد کا۔ م پاوڑی، گجراتی: پاوڑی۔ کھوٕ رباپہٕ۔ بہٕ کھوٕ رن لاگ ز۔ کھڑاو۔ رم، جوگی پاوَر۔

پاوُل - ۱- پاوِہشد وَزنہٕ - م، جایہ پاوُل۔
۲- پاوِہشد وَزنہٕ وٹہٕ پَرمانہٕ -
پاوُن - سۄل - پاو د س: پا تَنہٕ - ۱- ہیچھَر
ترٛاوُن - بَرِتھ دِیُن - دَب کڈُن -
۲- پامال کَرُن -
پاه ع۱ - م - سۄل - پاه د س: پاشنہٕ (بودھی
سنسکرت) [illegible] - ہیل - کھادر -
شہ مائِہ ییس زٔمینس پوچھَر دِنہٕ پاپنچھ
ترٛاوِنہٕ یِوان چھُ -
پاه ترٛاوِنی - زٔمینس زیادٕ زیادٕ فَصل
وۄپداوِنہٕ سۄ کھہ ہیل یا کھاد ترٛاوِنی -
پاه کَر - م - سۄل - پاه کَر د س: پارشوو+
کَرِ - کَرِ کانہٕ پٹِل -
پاه کَرِ چھٹرِنہٕ - سَخ لاٹِن - سَخ یوب دِنی -
لاٹے کَرِ کانہٕ چھٹراوِنہٕ -
پاے ع۱ - ن - سۄل - پاے د س: پایہ -
وۄ پاے - چارٕ - عَلاج - طَریقہٕ -
وَسیلہٕ - حَل - بچاو -
پایس پیوٚن - پَتَن وۄ پاے ژھانڈُن
حیلہٕ پیوٚن - بچنہٕ جای ژھانڈنی -
پاے کَرُن - وۄ پاے کَرُن - چارٕ،
علاج نہٕ بچاو بیٚنز کَرُن - کُنیٚتھ
حَل ژھانڈُن -
پاے ع۲ - ن - سۄل - پاے د ف: پاے -
سۄ: پاد - ۱- کھور - ۲- شیٚر

مُقابلہٕ بۄنیُم طَرَف - بۄنیُم طَرَف -
۳- بوٚڈ - دَرجہٕ - م، پایہ بوٚڈ -
پایہ - مَرتبہٕ - دَرجہٕ - قَدر - رُتبہٕ -
م، تھَدِ پایہ - وۄسی پایہ -
پایہ بوٚڈ - تھَدِ دَرجِک - تھَدِ رُتبُک -
سیٹھا بوٚڈ -
پایہ ہُرُن - مَرتبہٕ ہُرُن - بِزَتھ ہُرُن -
قدر ہُرنی -
پاے آب - تِم بۄنی گام یِمَن سارِی وے
یِتھ آب آسہِ واتان (نوٹ - یہِ لفظ
چھُ پایاب شہٕ چھُ بَدَل لفظ) -
پایِر ع۱ - م - سۄل - پایِر د س: پادَ
رِکاب - یتھ مَنز گُری سوار کھور
تھَوان چھِ - م،
بَرہمہ پایِرن وۄ بیس (لل ویدٕ) -
پایِر کھور - اَکھ رِکاب -
پایِر ہۄر - رِکابہٕ جوٚری -
پایِر ع۲ - م - سۄل - پایِر د س ج:
پَدَ + باتَر - یاترِین ہنٛز جیبو کھ
وۄ کھلی سفر کَرن والین ہنٛز جیبو کھ -
پایِر پیوٚن - پھِرِ وُٹھ قدم پیوٚن - رٕٹھ زَنگ
بیٛنی -
پاے دار - سۄل - پاے دار
د ف: پایدارِ - پوشوٚن -



دۆر۔ یتھ دار یا کال نیبرِ۔ یتھ سیٹھا دار نیبرِ۔

پاے دآری [ ]۔ م۔ مؤل۔ پاے دآری < فہ: پائیداری۔ پوشن پاے۔ دارٕ درٕہر، دارٕ تلہٕ دۆر آسُن۔

پاے دان، پاے دانہٕ۔ یتھ خوٚر۔ ٹانگس۔ بتِر پیٹھ کھسنہٕ وِزِ کھوٚر تھوِنہٕ جاے۔

# پ

پٔتٕر۔ م۔ مؤل۔ پٔتٕر < س: پتٕر۔ ۱۔ وُتھرِ۔ ٹیرگ۔ پَن۔ ۲۔ لٕنٛنٛیک وَرُق۔ کاکذ وَرُق، خاصکرِ یتھ کنٕہ دستاویزُک۔ ۳۔ ہیل کُلٕنٛیک پَن یُس پوزا یہ لگان چھُ۔ ۴۔ مُجہِ گوگجہِ پَن۔ مُلہٕ ویٚنٛنٛی۔ ۵۔ پوٚت لوٚگ آسنہٕ وِزِ چھُ اکھ مانے کانٛہہ لکوٹہٕ یا لکوٹُک کانٛہہ وَرُق۔ م، نیٚنٛجہِ پٔتٕر۔ جمن پٔتٕر۔ ۶۔ بِلوتھ لفظُک پوٚت لوٚگ یُنتھ چھُ یہ کینٛژنے لفظن عستی یوان۔ م، کاکذ پٔتٕر۔ ہیل پٔتٕر بیٚنٛترِ۔ ۷۔ گُنٕہ دانٛیجہ زآوِج تلِم۔ ۸۔ سوٚہ ٹینٛہ تلِم یوٚہ سہٕ باجس یا کینٛژن سازن وزنہٕ بایتھ اَندری کنٕہ لاگان چھ۔ ۹۔ ڈُدرِ رنٛدکھ۔

پٔتٕرن سگ تہٕ مؤلن دژوت۔ یتھ باپس بیٚپٹھ دارٕ مدارٕ آسہِ تُس گآمُن تہٕ پیٚعٕری نیٚئری ٹھیکہ کرٕ نیٚچ کوٚشش گٔرِ ژی۔

پٔتٕرِ کاسُٹھ۔ ہیل کُلی چہ ہیوٚ چھہِ ہوٚرِ۔

پٔتٕرگنی۔ وُڈھ ہیوٚ کھنی۔ وُڈھن ہوٚ کھِتھ بیٚپٹھ کوٚر ہیوٚ لگن۔

پٔتٕرٕ[۱]۔ وُچھو "پوٚت" لفظس تَل۔

پٔتٕرٕ[۲]۔ م۔ مؤل: پٔتٕرِ < ہ: پٔتی۔ ۱۔ شراکتھ۔ باج بٔٹھ۔ ۲۔ سرٕ وآز۔ ساز باز۔ ۳۔ حِصہٕ۔ بوگ دِشراکتھ آندرٕ یا کُنہِ رِشتو تس بیٚنٛترِ۔

پٔتٕرلہٕ۔ ن۔ مؤل۔ پٔتِل < س: پاتلی۔ گھلِ گلرِ بوٚہٕگن۔ اکِ قسمُک رژن باتہٕ، خاصکرِ یتھ جاے کرٕنہٕ بایتھ۔

پٔتٕنٛم۔ مؤل۔ پٔتٕنٛم < س: پشچمہِ۔ ۱۔ یتہِ کنٛنٛیک۔ پٔتٕمہِ طرفُک۔ تٔتہِ طرفُک۔ م، پٔتٕنٛم پاس۔ ۲۔ یتھ کالُک۔ پٔتٕمہِ زمانُک۔ ۳۔ یہ یا یُس ساری نے پوٚتُس آسہِ۔ پوٚتیمہِ پاسہٕ اَندکنٛنٛیک۔ آخری۔ ۴۔ گوڈنٛیک تٔرآوتھ۔ پرٕوٚنٛنٛم تٔرآوِتھ۔

پٔتٕنٛمہِ پہٕرن۔ رِکہِ رِکہِ گاشہٕ پرٕوٚنٛہ پہٕرن۔ کوکرٕ بانگہٕ۔ رآژ ہٕشدن

آخری تَرَن گَنٛدَن اَنٛدر کُنہٕ وِزِ۔

پَتِمی دوٚہ بینی۔ ۱۔ مَرنَس نَزدیکھ واتُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ) بوٚد تَرِ بیٛٹھنی۔ بَتہٕ بَرٕ تَرٕ کَرُن۔ تَنٛتُھ کَرُن یُتھ پانَے پَھسی زِ۔ زَوال یِن۔

پَتِیُم پیٛارٕ۔ راتَس ہُنٛد پَتِیُم پَہَر۔ راتھ سوٚرُن۔

پَتِیُم گَرٕ۔ ۱۔ مَرَن وِزٕ۔ مَرنُک وَق۔ ۲۔ سَختی ہُنٛد وَق۔

پَتِیُم گَرٕ بَکرِی دَر۔ تَتہٕ دٕینہٕ گوٚم آخری وَق چُھ گَژھُن آسان۔ کامہٕ بینہٕ سوٚ کلَتہٕ وِزِ گَژِھ ہینہٕ کانٛہ کھوٚریِن۔

پَتِیُم آن (واتُن)۔ مَرنُک وَق (واتُن)۔ آخری وَق (واتُن)۔

پَتِیُم تَرٛوشٹھِیُم۔ پَروٚن تہٕ نوٚو۔ یَتھ کاُلک تہٕ تَرونٛہٕ کاُلک۔ اَنٛدوَنٛدٕ سوٚرِ۔ م، پَتِیُم تَرٛوشٹھِیُم کھین کوٚڈ ہس۔

پَتِیُم پَہَر۔ راتھ ہُنٛد آخری حِصہٕ۔ کوٚکَر بانٛگہٕ تَرو نَتھ راتَس ہُنٛدی تَرٕ یَے گَنٛٹہٕ ہینہٕ۔ وُچھو "پَتِیُم پیٛارٕ" تہٕ۔

پَتِیُم ساتھ۔ آخری وِزٕ۔ آخری گَرٕ۔ (وَرگہٕ) مَرَن وِزٕ۔

پَتِیُم سَنٛتِیُم (یاد پاوُن)۔ یَتھ کاُلک ساٗلِم گَدٕ ریوٚٹھ (تَرٕ ییٛنَس پاوُن)۔

پَتھرٕ۔[۱] ۔ م۔ سوٚل: پَتھر < س: پَتر سَنٛدر۔

۱۔ سوٚ تَر زٔمین۔ ۲۔ سوٚ کیٚٹ یُس تی۔ م، پھلی پَتھرٕ، شیٖنہٕ پَتھر۔

پَتھرِی۔ ۱۔ بوٚنٛز۔ ۲۔ دوٚ کھلی۔ پیکان پیکان۔ بےٚ دِل۔ خوشکی وَنتہٕ۔ م۔ پَتھرِی ڈاک۔

پَتھرِی وٲتی۔ ۱۔ پَتھرِی پَتھرِی۔ بوٚنٛز بوٚنٛز (یوٚن بینہٕ یا پھش دِیُن)۔ م، تَتہٕ مَنٛز گَژھِ پَتھرِ وٲنی بوٚت یوٚن۔ ۲۔ (سوٚ لُر) یَتھ تہٕ اَکھ پورٕ نہٕ بوٚرٕ آسہٕ۔

پَتھرٕ۔[۲] ۔ ریتی۔ کھاپہٕ سُنٛد یا آری کَنٛتہٕ سُنٛد سُہ ساماتہٕ یُیمہٕ سیتی آرِ یَھش چھِ دِوان۔

پَتھرٕ رُوَن۔ کوٚٹِن ہٕنٛز یا شٕہنٛرٕ بِن ہٕنٛز وَتھ ہِنٛش یَتاُونی یُیمہٕ بَتیٛٹھی شُہنیٛر دَرہٕ ہیٚن۔

پَتھر۔ وَتھرِ رَنٛزس جاے۔ وُچھو "پَتھرٕ" تہٕ۔

پٹ۔ م۔ سوٚل۔ پَٹ < س: پَٹہٕ۔

۱۔ ہیچو تختہٕ یَتھ سوٚ چِرکم پَہن آسہٕ۔ ۲۔ اوٚک نوٚشش وَلَن پَلو۔ ۳۔ سوٚ کیٚپر چھل یوٚ سہٕ چیمَس کُنہٕ حصس یا چھوکس بینہٕ گَنٛڈٕ تہٕ یُیہٕ۔ بَنٛڈیج۔ ۴۔ سوٚ کیٚپر تِلہٕ یَتھ پیٛٹھ دَوا بینہٕ لاگنہٕ یُیہٕ۔ م، مَہلامہٕ پٹ۔

ذرڙي پٹ - ٥. ژ سپنہ ٹکہ -
م، کھاہ پٹ -
پچہ - "پٹ"، لفظک جمع -
پچہ پرن - تنہن پچن ہنز لپ -
پچہ پرد - اندیوٹ، اندیشٹ -
پچہ پھبر (کرن) - ١. (پلوان ہشد) تہنیم طرف برڑو نہ کن (پھرن) -٢-
بھٹی مٹس تانس پٹ (بدلاونی) -
(اچھن) پچہ پھبر گزھن - لحاظ نہ روزن -
پچہ تالو - چھتہ لاگنھ زچھن پچن ہشد تالو -
پچہ کون - زہٹھ پچہ ترش - زہٹھ پچہ تلم -
پچہ پٹشدرہ - شہ پٹشدر پیٹھکی پکھچ پچن ہندی آسن -
پٹ کڈئی - ١. سہ رد کڈن - نوبود کڈن -
(ورگہ پاٹھی) شاہ نہ رسوا کرن -
گنگ کھنی - یہ چھٹ اکھ وڈہو نہ -
م، تس کڈکھ پٹ -
پٹ لگنی - (کانسہ ہشر) دے گزھنی -
(خاصکر نھ پٹشد شرڑو نہ سہ پٹہ نہ ماے آسہ ہے) -
پٹنی - م - ١٠. ہٹنی < س: پدھ ڈیکس بیٹھ الوند

ترووٹمت ووٹنک - پٹنہ گبہ تہ
وانکی ہیم ڈ ہکس بیٹھ وڈھنہ الاندی
تزاوی ہنتی آسن -
پٹنہ کھونہ - ڈ ہکس بیٹھ دوشوے
طرفو وانکی الاندی تزاونی -
پٹھراون ع١، پٹھرن - مول - پٹھر < ? -١-
مل تلن - صاف کرن - م، بتہ کھینھ
بزاتھ پٹھرن - ٢- گاڈ ڈویب
گڈ نھ شیرنہ - ٣- کانہہ ونہ
انن - کانہہ سیزراون -
پٹھرن - ١- مل تلنچ تہ صفائی ہنز کام -
چھلہ چھوکھ - ٢- گاڈ بیتر شیرنچ
کام - ٣- کانسہ وتہ انپنچ کام -
کانہہ سیزراونچ کام - م، شہ
گوزھ بور بنہ پٹھرن پانے -
پٹھراون ع٢ - پوٹھراون - فو وتھ کرن (دینھ
زن جاناوار بچہ ڈپھن ہیہ) -
م، پکھ پٹھراونہ -
پئج - م - مول - پج < پراکرت :
پچ چھ - ١. بوڈ نہ کھول بھوت -
٢- تیوت یوت بچہ واتہ - ٣-
بچہ سوٹب، بچہ یوتا - بوڈ -
م، دستار پئج - ہتھی پئج -
پئجہ باگے - بچہ سنتی باگراون - بچہ
باگرن - بچو بچو دین یا باگرن -

**پَچہِ تلہٕ نیرِنہٕ گژھُن۔** (ا۔م)
یوسہٕ پٮ۪ج بیٹھہٕ آسہِ تمہٕ دوٗر دکہٕ
دِنہٕ نفوٗد ڈ ھٔٹنہٕ گژھُن۔ ۱۔
یکدم نوٗن نیرُن۔ ڈ چھان ڈ چھان
یَڈُن تہٕ نَفدُن۔ وتنہٕ تچھ یوان
زِ یتہٕ کالہِ اسی ژھوٹُن سٔشرہٕ بن
پَچہٕ تل نفوان تہٕ بےٚ خبر یا کٹھی
آسکھ پٮ۪ج بیٹھہٕ تُلِتھ نِوان، تہٕ
اوس یکدم نفوٗد ڈ ھٔٹتھ گژھان
دَیان آسہِ عسنتی اوس تَس قدر زیٹھان۔

**پَچہِ تَل نفوُن۔** ۱۔ اُتی نفوُن۔ تُلِتھ نفوُن
(کاتُہہ مالہٕ بیترِ)۔ ۲۔ کنفہٕ تہٕ
ٹاس کَڈُن۔ کنفہٕ تہٕ ڈُرن تُلُن۔
کاتُہہ مالہٕ کھُٹتھ نفوُن۔ (کینہٕ
لوکھ چھہ لٹرا آسے تُلِتھ نفوٗنہٕ یا پتھ
تیتِس کاٗنس پٮ۪ج پھِرِتھ نفوان
یوٗ تام بیٹیہٕ ژُوی ہیِن)۔

**پَچہِ تَل روزُن۔** تَل کُن روزُن۔ اُتی
روزُن (کاتُہہ مالہٕ بیترِ)۔ کاتُہہ
کنفہٕ کھُٹتھ روزِ نی۔ کُنہٕ کنفہٕ ڈُرن
روزُن۔ کُنہٕ بَچہٕ مالس تہٕ نَنیر
گژھُن۔

**پَچہِ سار۔** پَچہِ عسنتی سارُن۔ پَچوَ پَچوَ
آکِ جایہِ بیٹھہٕ بیٚیِس جایہِ واتناوُن۔
پَچوَ عسنتی لاکہٕ واتنا وُنہٕ۔

**پٔچبَرُن۔** م۔ سوٗل۔ پٔچبر (؟)۔ سُوکس
مَنزِ اَندرکُن پھُٹہٕ آوِنہٕ دِژ ہیٚژ ٹیب،
بَنجے۔

**پٔچراوُن، پٔچرُن۔** ۱۔ پٔچراوِنہٕ نفوُن۔
اَندرکُن پھُٹرِتھ ٹیب دِنی۔ بَنجے دِنی۔
۲۔ وَرگہٕ: (کاتُہہ چیز دِنہٕ خاطرِ)
آمادٕ کرُن، سوٗ ٹراوُن۔

**پٔچھ۔** ڈ چھو "پوٚچھ"، لفظس تَل۔

**پٔچھن۔** ن۔ سوٗل۔ پٔچھن (س: یکشن۔
ڈڈوِنی جانا وار ذاتھ یوسہٕ وَندرِ ہتن
سَرن بیترِ مَنزرِ روزنہٕ یوان چھےٚ تہٕ
یہِہند شکار چھُ کرنہٕ یوان۔

**پٔچھن پوٚت۔** لوکُٹ پٔچھن۔ پٔچھن بچہٕ۔

**پٔدی۔** ڈ چھو "پوٚد"، لفظس تَل۔

**پٔدی وَنہٕ۔** سو وَتہٕ یَپارِ ی دوہ کھلی یوت
یکینہٕ ییہٕ۔

**پٔر[۱]۔** م۔ سوٗل۔ پَر (س: یَکھ۔
بہٕ چھُ لِکھ پٔر (لیکھ پٔر) لفظس
عسنتی یوت یوان تہٕ مانےٚ چھُس
یَرُن یا پَرُن زانُن۔ م، لِکھ پٔر
چھِسہٕ کینہٕ کینہٕ نہٕ۔

**پٔر[۲]۔** م۔ سوٗل۔ پَر (س: پَرِ گھر۔
ٹوٗ ژگرِ ی دِن۔

**پٔرِستان۔** ن۔ سوٗل۔ پٔرِ [illegible]:
پرِستان)۔ سو جاے یتہٕ پٔری ییہٕ

روزان آسَن۔ (وَرگہٕ) سوٚ جاے
ییٚتہِ سوٚ تَدرٕ تہٕ شٔکیل زَنانہٕ بیترٕ
رُوزِ تھ یا شیمِنہٕ آسَن۔

**پٔرِش**۔ م۔ مۆل۔ پٔرِش < ف۔ تلواس۔
پھوٚرٕ ڈٕکھی ڈکھی گَژھُن۔ واٰرِنجہٕ
ڈُبرارے گژھہِ حِنی۔ (وَرگہٕ یاٰ ٹھی)۔
خوٗشکیتھ، سیتھ، ژھَرٕٹھ۔

**پٔرِش آسنی**۔ تلواس آشن۔ (وَرگہٕ)
خوٗشکیتھ یا سیتھ بینہِ آسنی۔

**پٔرِش ٹُلنی**۔ تلواس ٹُلُن۔ (وَرگہٕ) خوٗشکیتھ
کھارٕنی۔

**پٔرِش وۄتھنی**۔ تلواس دوٚ تھُن۔ واٰرِنجہٕ
ڈُبرارے گژھہِ حِنی (وَرگہٕ یاٰ ٹھی)
خوٗشکیتھ کھسنی۔ مَترٕ ہیوٚہ یُن۔

**پٔری**۔ م۔ مۆل۔ پٔری < ف: پری۔
۱۔ خوٗش بوٗنی تہٕ خوٗبصوٗرَتھ مادٕ
جِنہٕ ذاتھ، دَیان چھ یِمَن چھے
پَکھہ آسان۔ ۲۔ (وَرگہٕ یاٰ ٹھی)۔
پٔری بہٕ ہِش زَنانہٕ یوٚسہٕ سیٹھاہ
خوٗبصوٗرَتھ آسہِ۔ سوٚ تَدرٕ زَنانہٕ۔

**پٔری پیکر**۔ پٔری اَنہارٕ۔ ہیٚرٕ سیٹھہٕ
بوٚن نام پٔری ہیوٚہ (ماشوٗق)۔
خوٗبصوٗرَتھ، حَسین۔

**پٔری ذاتھ**، پٔری بہٕ ذاتھ۔ ۱۔ پٔری زامُتر۔
پٔری یِن ہُشر۔ ۲۔ خوٗشبوٗنی تہٕ
خوٗبصوٗرَتھ۔ یَس اَصل نہٕ مُہوِنی
شکل آسہِ۔ سوٚ تَدرٕ۔

**پٔری زاد**۔ پٔری نسلُک۔ پٔری زاٰژہٕ ہُند
تہٕ ڈیچھ گوٚ سوٚ تَدرٕ، خوٗبصوٗرَتھ۔
حَسین تہٕ شٔکیل۔

**پٔری وَش**۔ پٔری ہیوٚہ۔ حدٕ روٚس
شٔکیل۔ سیٹھاہ خوٗبصوٗرَتھ۔

**پَرِیکھشا (کَرٕنی)**۔ م۔ مۆل۔ پَرِیکھشا < س:
پَرِیکشا۔ پَرکھاوُن۔ آزمائیشِ
(کَرٕنی)۔

**پٔری مَحَل**۔ زَبَروَن کوٚہس بیٹھہٕ اَکھ پرانہِ
عمارَتھ ییتھ کوٚتتی لیٚشِن تہٕ وَنان چھ۔
دَیان اَتہٕ اوس دارا شکوٚہ سُند
کُتُب خانہٕ۔

**پٔری پَنڈِتھ**۔ ن۔ ک۔ پٔر، پَنڈِتھ۔ مۆل۔
پٔری پنڈت < س: پٹھِت + پنڈِت۔
شُرِس یُس تیوٚت زانان کَران آسہِ
یوٚت زَن تَس مُتعلق وَنہٕ آسہِ
یوان۔

**پُزرَن**۔ م۔ مۆل۔ پُزرَن۔ < س: پَد۔
(کُتبیک) پَزرٕ ہادِتھ دِنچ کام۔
پُزراوُن، پُزرُن۔ پوٚزتاٰ بتھ کَرُن۔
پَزرٕ نوٚن کڈُن۔ پوٚز کرِتھ ہاوُن۔

**پٔزی**۔ اَکھ اندر ہیم لفظ یِن تِم ڈُچھو
"پوٚزٕ" لفظس تَل۔

ٹیڑھی ۔ ڈِٹھو "پوڑھ" لفظس تِل ۔

ٹیسر ۔ م ۔ سوُل ۔ ٹیسر < ۃ ۔ س: ٹیڑ ستر ۔
چَیل، چھنتھ ۔ خاصکرِ نغ داتہ ٹیڑسس
باۓ بَناوَن وِزِ تراشش ہیتھ
تیجڑ چھنتھ ۔

ٹیسرن ۔ ۱۔ باۓ شکلِ سنڑ آنتہ باہتھ
نتھ جھنتھ نکلنج کام یا ڈندرن
بیتر تراشش، ہنیج کام ۔ ۲۔
داتہ ٹیتر نوں بَناوتہ باہتھ
یا زیھڑاوتہ تہ سیو دکرہ تہ خاطر
سوہ دگنیج کام ۔

ٹیسرن ۔ ۱۔ باۓ شکلِ سنڑ انتہ
باہتھ نتھ ڈندرن تراشش
ہنیتی تہ جھنتھ نلسی ۔ ۲۔ نوں
بَناوتہ باہتھ یا زیھڑاوتہ تہ
سیودکرہ تہ خاطر داتہ ٹیتر دگنی ۔

ٹیسی ۔ روُدِ ششتہ سیتی بالہ ملبہ
وُسِتھ ین ۔

ٹیسی تی ۔ م ۔ ٹیسی تی ۔ < ف: پستی ۔
۱۔ پست آسُن ۔ بون آسُن ۔
۲۔ (دَرگہ یا آٹھی) سنسر ۔
کثیمنہ گی ۔ ذلالتھ ۔ گِراَدھ ۔
لوتز ۔

ٹیشی ۔ ڈِٹھو "پوشش" لفظس تل ۔

ٹیشگی ۔ م ۔ سوُل ۔ ٹیشگی < س :
پشتہ + ف : گی ۔ پوشش آسُن ۔
ٹیشی یاو ۔ جیوا تینتھ (دَرگہ یا آٹھی
پوشش ہیوہ آشن مَدا آسُن ۔

ٹکھی ۔ ڈِٹھو "پوکھ" لفظس تل ۔

ٹگر ۔ ٹگڑی ۔ م ۔ سوُل ۔ پگر ۔ < ہ : پگڑی ۔
۱۔ دستار ۔ صافہ ۔ ۲۔ نم ڈیار ہم
گڑاکس اِرابہ دارس عہ قیمتنہ ہیٹھی ین
ہیتہ ۔ ہیٹھا آسے ۔

ٹلم ۔ م ۔ سوُل: ٹلیم < ۃ ۔ تل کُن رودشت
تبلک مل بیتر ۔

ٹلیٹ ۔ ن ۔ سوُل ۔ ٹلیٹ < ف: پلید ۔
سوگر ۔ گنڈہ ۔

ٹلید ۔ ن ۔ سوُل ۔ ٹلید ۔ < ف: پلید ۔
ناپاکھ ۔ سوکر ۔ آشھیوٹ ۔ گنڈہ ۔

ٹلی ۔ ڈِٹھو "پوُل ۱" لفظس تل ۔

ٹلی یار ۔ ٹلی یآر ۔ سوُل ۔ ٹلی یار < س: پَر + واڑ ۔
م گُجراتی : بَرواڑ ۔ کنڈی دوہ پھَن
یا ٹرنن ہشد جنگلِ (بنہ ہاونہ باہتھ) ۔

ٹلو ۔ [ سوُل: ٹلو < ہ : پلوا ] ۔ بنہ سازندر ۔
دایَن وول ۔ بینہ نہ غرضہ کانسہ ہشدی
گوہ ن گیوَن وول ۔

ٹلوگی ۔ بنہ سازندری ۔

ٹنی ۱ ۔ م ۔ سوُل : پنی < ۃ ۔ زنڈن ہشد
جنگلِ ۔ زنڈ و سیتی بوٗومست کھور
(باغس بیتر انڈی انڈی) ۔

پۆت راچھ۔ پانس پتہٕ یُس کُنہٕ راچھ
کرِنہٕ یا یتھ سٕفوٕی زین۔
پۆت رِکن، پۆت رِکنی۔ ۱۔ پکان پکان
پتھی کنی تھر گژھ ھنی۔ ۲۔ (دور گہ پاٹھی)
بے خبری منز کام خراب گژھ ھنی۔
بے خبری منز کنہٕ کامہ بیتر یا رین۔
کُنہٕ کارس پتھی کنی کھرُین۔
پۆت روٹ۔ گوہنہٕ ہشد ڈکھ۔
پۆت رہیمہ۔ پۆت فِکرِ۔ پانس پتہٕ کانسہِ
ہنز یا کنہٕ پریشانی۔
پۆت رنگ (رینی)۔ پھیشل رنگ۔
پۆت زیر۔ ۱۔ ناوکڈنہٕ یا بڈاونہٕ وِزِ
اکھور بینز سیتی اُوشمت پۆت
دکہ۔ ۲۔ کام کرناونہٕ یا یتھ کانسہِ
زیر زیر کرِنی۔ کانہہ وو لسنس
اُنن۔ کانسہِ عکھی عکھی کرُن۔
پۆت زون۔ راژ ہشد پتنیم پہر۔ پتمہ
پہرک زون گاشش۔ م،
پۆت زونے سوٚت وُزنووُم (لل دید)۔
پۆت ژور۔ پتھی کنی کھرُن دول۔ (یہ
ژھ گر یدہ بین ونہٕ یوان)
پۆت ژور۔ پتنیُم ژور۔ دانگ پتنیُم یا
ترٚ پٔیم گگ۔
پۆت ژھٕصٕٹھ (ربنی)۔ ۱۔ بُجرس منز کانہہ
کھرُین۔ ۲۔ کُنہٕ کنھہ بینز ہشد

یدِ عمل۔
پۆت ژھاے۔ ۱۔ سو ژھاے
یوسہ پانس پتھی کنی پیٚیہ۔ ۲۔
پۆت انہار۔ پۆت چال۔
(بیتھیم کنی انسان پتھی کنی پرژناونہٕ
پیِٕیہ)۔ پۆت تژاے۔
۳۔ پۆت شُشہل۔ دوہ یوسن
وزہ ہنز ژھاے یوسہ
سبٹھا زیٹھ چھیے آسان۔
۴۔ سرپرستی۔ ڈ ڈکھ۔
پۆت سب۔ ساری نے پتہٕ کنیچ
ثندل (سالرن ہنز)۔
پۆت ساد۔ پۆت مز۔ کُنہٕ کھیتھ یُس
مزٕ اخرس بیٹھ یاسہ۔ ۲۔ شر
مزدار چیز یُس پۆ تُس کھینہٕ ییہ۔
پۆت سار۔ کانسہِ ہُنْد مال بیتر پتھی پتھی
وار وار یتھ ژلُن۔
پۆت شُہل۔ پۆت ہشد نیک
شبیہجار۔ ٹھنڈٕی۔
پۆت شوپ۔ زٕٹھن ہنز وراثتھ۔
زٕٹھن ہشد تورُمت جاداد بیتر۔
پۆت فِکر۔ یتھ کن فکر رونہٕ نی۔
پۆت گل
پۆت کنھ کرِنہٕ۔ غایبنہٕ کرِنی۔ نینیٚ دیا
کرِنی۔ کانسہِ ہنز غارحاضری

مۆنٛزتَس خلاف وَنُن ۔

**پۆت کل** ۔ پۆت فِکرِ ۔ ژۆرِ کل ۔ أنٛدرِی أنٛدرِی کُنہِ کُنہِ فِکرِ آسُنۍ ۔

**پۆت کَنہِ بوزُن** ۔ بیٚیے سٕنٛدی کَتھ بوزُن ۔ (کأنٛسہِ) سُہ کَتھ کَنَن گَژھنۍ یِنہٕ یُس تَس وٕنۍ مۆنٛزٕ آسِکھ ۔ اَلغأیہِ بوزُن ۔

**پۆت کٔنٛل** ۔ مُصیبَتہٕ عَلاوٕ بیٚہ فِکرِ آسُنۍ زِ پَتہٕ کُنہِ یا سیٚٹھے پَتہٕ کیا بنہِ میٚیانِہ (خاصکٕر تَتھ بیٚیلِ کانٛہہ فاد آسہِ یا آسہِ مَرُن سَرُ بیٚیِز) ۔

**پۆت کھَش** ۔ ۱ ۔ کھَر طَرَفہٕ کھَش ۔ ۲ ۔ بےٚ شۆنٛکی یا أٹھی گأٹلِنہٕ ژھَٹُن ۔

**پۆت کھَل** ۔ سُہ چھوٚمبہٕ کَرٕ ہنٛج جاے یوٚس کَرِ پَتہٕ کُنۍ آسہِ ۔

**پۆت کھورِ (کھورٕ بِن)** ۔ وانہٕ وُنے ۔ چَل چَل ۔ ڈٲلۍ ڈٲلۍ ۔

**پۆت کھورِ ژٕلُن** ۔ بۄوان یوٚ آمٕتی واپَس پھیرُن ۔ چَل چَل واپَس نیٚرُن ۔

**پۆت گَب** ۔ ژَچہِ مَنٛزِ لَنٛجہِ یا موٚنٛڈِس بیٚتِرِ بیٚیہِ کوٚٹ نیٚرُن ۔

**پۆت گَس (دیٖن)** ۔ ۱ ۔ پھیرِی پھیرِی کھَنُن دَل (خاصکٕر تَتھ گأمٕژ کھَنُن) ۔ ۲ ۔ ہوٚکھِس فَصلَس داند پھِرناوٕنۍ ۔

**پۆت گَنٛڈ** ۔ گُل بیٚترِ ژٕٹنہٕ وِزِ تَتھ پۆت وِزِ سیٚزٕ رَٹنہٕ خأطرٕ رَنٛگ گَنٛڈ ۔

**پۆت گَنٛز** ۔ ۱ ۔ کأڈِ ہٕنٛد پَتِم طَرَفُک حِصہٕ ۔ ۲ ۔ کوٚہ ٹینٛگ، تَھمَک یا کُلٛیِک بُنِم حِصہٕ ۔

**پۆت گَلُن (گَژھنۍ)** ۔ ۱ ۔ یِکہٕ وِزِ پۆت پاسہٕ پیچ تُراے گَژاے ۔ ۲ ۔ پۆت خَیال یُن ۔ مَرضی بَدلنہٕ مَروانہٕ پھیرُن ۔ ۳ ۔ ٹلنہٕ بیٚیہِ مَرنہٕ بیٚیوٚن ۔ اَبل وُن آسنہٕ بیٚیہ پَتھ گَژھُن ۔

**پۆت گوٚد** ۔ کأنٛسہِ آشناوَس ژۆرِ ژھیٚبہِ مَدَتھ کَرنہٕ باپتھ گَرِس دَارِ وانُن ۔ م، مأل نِنگ چھُس پۆت گوٚد ۔

**پۆت گَژاے** ۔ ۱ ۔ یَلوٚن بیٚترِ چھَلنہٕ وِزِ پۆت چھوکھ کَڈُن ۔ ۲ ۔ پۆت گَلُن، پَل ۔ پۆت بیٚٹھ ۔

**پۆت لَب ژٕٹُنۍ** ۔ پَتی مَہ لَبہٕ بوٚرِ ژٕٹھ سَرُن دِنۍ ۔ م، مَطلَب ژٕٹناوٕ پۆت لَب ۔

**پۆت لاٹھ** ۔ (ل.م) آخری تہٕ پَتِم لاٹھ (دستارس بیٚتِر) ۔ آنٛکارہٕ پَتہٕ بَب ہیوٚن ۔ پۆت مَروانہٕ ۔

**پۆت لاس** ۔ نۆقصان تہٕ خأرۍ بیٚتِرِ تُلنہٕ پۆتُس اَکھ آسٕ نٛڈ کھسپھ یا فأیدٕ ۔

**پۆت لاکھ** ۔ سُہ کھوٚن یا بوٚرٕ یُس

پۆتُس سارٕنٕ بیٚیہٕ ۔ پتیٚم سارٕ ۔ بہٕ پتیٚمیٚہ لٔکٕٹ سارٕنٕ بیٚیہٕ ۔

پۆت لانٛج ۔ سٕکھٕر بیٚتھرٕ گرٕ تہٕ پتہٕ کنہِ کانٛہہ کھرُن ۔ پتہٕ کنہِ پٕہ سیٚزٕر آسُن ۔ پتہٕ کنہِ کاکُنہ پتہٕ سٕتۍ بٕر بشاتی آسنہِ ۔

پۆت لابہٕ گژھُن ۔ فصل بیٚترٕ پوختہٕ یا کھٹی پیٚپُن ۔

پۆت مہرازٕ ۔ مہرازَس سٕتۍ یارادٕ پٕہ آسَت کوٹ (ٹاٹھنیارٕ کنہِ ۔ (وَرگہٕ پاٹھی) سُہ کیٚس کاتٕہ یٔرٕ تہٕ دار اِنسانٕ سٕندی کنہِ خاطرٕ داتٕہ ۔

پۆت نٔم ۔ ناوٕ ہٕشُد پتیٚم اَند ۔

پۆت نیٚرُن ۔ ١ ۔ واپس نیٚرُن ۔ واپس گژھُن ۔ ٢ ۔ (وَرگہٕ پاٹھی) لفظٕ پھیرُن ۔ زٕبو پھیرٕنۍ ۔

پۆت وَژھٕ پھیٚیرنہٕ ۔ ١ ۔ (خوفہٕ یا تراس کھینہٕ کنہِ) موٗنُھ پھیرُن ۔ کیٚنہٕ نیٚہچہٕ پھیٚرنہٕ ۔ شکلس رنٛگ ڈلُن ۔ ٢ ۔ کُنہِ اَتھرس نٔنہِر بیٚترٕ گژھنہٕ وِزٕ شوٗوٕ زَد گژھُن ۔

پۆت وان ۔ سُہ دانہٕ یُس چھُ سٕن وِزٕ وانٕہ موٗنڈِس پتہٕ کنہِ ہرِ ۔

پۆت ووٚنۍ ۔ بٕلو دٕلو بیٚترٕ چھلنہٕ پتہٕ

موٗژی مُنت مالہٕ آب ۔

پۆت ہرٕ ۔ کانٛی شال کارخانٕس منٛز سازٕس بیٚٹھ کٔنہِ چھِ تیمہٕ یورِ ہیٚمن بیٚٹھ پٔن چھِ ہٕشُد روزان ۔

پۆت ہیوٚن ۔ نوٚب ہیوٚن ۔ پتہٕ روزُن ۔ منٕز ہیٚتھرٕ ہٕتھ کام وٕتی تراونۍ ۔

پۆٚھٕر ۔ ن ۔ موٗل ۔ پۆترٕ (س : پُتھرٕ نیٚچو ، گوٗبُر ، کوٗٹ ۔

پۆترٕ باو ۔ نیٚچوٕی تون ۔ نیٚچو آسُن ۔ نیٚچوٕی ہٕشُد ہیوٚہ وَرتاو ۔ پۆترُت ۔

پۆترٕ بوچھ ۔ یُس پۆترٕ وٕژھے آسنہِ کنہِ پۆترٕ ہٕشُد دادِ کٔرِتھ آسہِ ۔ بے اَولاد ۔

پۆترٕ بوچھ ۔ پۆٚھٕر آسنُک شوق ۔ نیٚچو زینہٕ یا پتھ کٔرِتھ ۔

پۆترٕ بوچھ ہیوٚن کو چھِ ۔ بٕہ چھُس نٔمہٕ وِزٕ وٕنان ہیٚلہٕ کانٛہہ نیٚچو نٕہ آسنہِ کنہِ توٚکہٕ ہٕشُدِن ووٚلہٕ ووٚلہٕ کٔرِ ۔

پۆترٕ پوٚن ۔ پۆترٕ دَگ ۔ پۆٚھٕر مَرنُک ماتَم ۔ پۆٚھٕر مَرنُک کیٚل ۔ بٕہ چھُس اَکھ دوٚہ ہیوٚتہٕ ۔

پۆترٕ پوٚن ہیوٚن ۔ پۆٚھٕر مرُن ۔ پۆترٕ دوٚکھ ہیوٚن ۔ بٕہ چھُس دوٚہ ہیوٚ ۔

پۆترٕ بیٚٹھ ۔ موٗرِد ہٕشُدِ نادی

نٕشدی نیٚچوی سٕنزادس بیٚٹھ تھووُمت
بتہٕ دوٚگُل۔

پۆترتشدٕل۔ نیٚچوی پَنٕگتھ۔ واریاہ شُری۔

پۆتر ترٛیش۔ ۱۔ تایس ماجہ ہٕشدِ مرنہٕ پتہٕ
پۆترٕ سُند ترٛپُن تہٕ کرٛم بیترٕ۔
۲۔ پۆترٕ سٕنز سَتھ (مرنہٕ پتہٕ)۔
م، پۆترٕ ترٛیش رۄزی تٔمس سۄ کھوٚد۔

پۆترٕ دگ (پیٚنی)۔ پۆٹھر مرنٕک دوکھ۔
پۆترٕ پۆن۔ بہٕ چھُ اکھ وۄ ہو۔
م، ییٚیہ تمس پۆترٕ دگ۔

پۆترٕ دود۔ ڈٕسی دود۔ نیٚچوی دود۔ پۆترٕ
سٕنز ویٚر۔ پۆترٕ سٕنز مایہ۔

پۆترٕ دوکھ۔ پۆترٕ سٕندِ مرنٕک ماتم۔
پۆٹھر مرنٕک غم۔

پۆترٕ زایہ۔ ۱۔ نیٚچوٚ زیوٚن۔ گوٚبرٕ زیوٚن۔
۲۔ نیٚچوٚ زٕنک پۆڈ دوہ۔ م،
گوٚری بابہٕ پۆترٕ زابہ پوٚشتس آیہ
(بیرٕ مانند)

پۆترٕ ساوٕے۔ ۱۔ پۆترٕ سوکھ۔ جان تہٕ
رٕتی شُری آسنٕچ شادی۔ ۲۔
پۆٹھرن ہُند بجا آسُن۔

پۆترکرٕم۔ مرنہٕ پتہٕ تایس ماجہ کترٕ پتیاکرٕم
کرٕنی۔

پۆترکارٕ۔ ۱۔ تایس ماجہ کُن پۆترٕ سٕندی
فرٕض۔ ۲۔ پۆترٕ سٕندی

ہوی فرٕض۔

پۆترگاش۔ پۆٹھر نۄی تہٕ پھوٚلُنی۔
پۆترن ہٕنز بجاے۔ پۆترن
ہُند کٔشن بُش۔ پۆترٕ سَتھ۔
بہٕ چھےٚ آہی۔ م، گرٕ گرٕ چھِ ژٕلے
پۆترگاش۔

پۆترٕ ماگٕنگے۔ ۱۔ نیٚچوٚ سٕنگتھ ہیوٚن۔
کانٕسہِ نیٚچوٚ مَنگُن۔ (کوچھٕرٕ
ہینہٕ بابٕچھ)۔ ۲۔ نیٚچوٚ بنٕنہٕ
باپتھ دیوی دیوتاہس یا بییہِ
کانٕسہِ زارٕ پارٕ کرُن۔

پۆترٕ ماج۔ سۄ زنانہٕ یس ہادنی تہٕ
تھٔکنی لایق شُری آسن۔

پۆٹ ع۱۔ ن۔ موٚل۔ پٹ۔ ح س: پٔٹٕر۔
۱۔ کُنٕیک سۄ ژٕر تختہٕ (پیچھ ہُند
اُکرٕ ہُند)۔ ژادر، تختہٕ (ڈٕبوٚ،
شیٚچھوٚ)۔ ۲۔ دوہ یوٚ دارٕ پٔٹھوٚ
یا برٕ پٔٹھوٚ منٛزٕ اکھ۔

پۆٹ ع۲۔ ن۔ موٚل۔ پٹ۔ ح س: پٔٹ۔
ٹٔنٛل۔ بییرس وۄنمت کپُر۔
اوٗنی کپُر۔

پٹھی وان۔ ۱۔ سُہ دُکان ییٚتہٕ نٕس
پۆٹ آسہِ کٕنُن۔ ۲۔ سۄ جاے
ییٚتہٕ پۆٹ آسہِ وونٕنہٕ یوان۔ ۳۔
پۆٹ وۄنٕنک لۄم۔

پوٹھ ۔ ن ۔ مؤل ۔ پوٹھ ح س: پُشتہ ۔
موٹ نۂ جیرہ دار ۔ ویوٹھ پوٹھ ۔

پوچھ ۔ ن ۔ مؤل ۔ پُچھ ح س: پکشہ ۔
ا ۔ پچھس پوشہ وُن ۔ پچھس سوسب ۔
۲ ۔ بہ پُچھ سپد ۔ بہ پُچھ بنہ
پاشبار گڑھِ ۔ م، تنڑ پُچھ رزماہ ۔
پُچھ ۔ پچھ گڑھِتھ ۔ پچھِ پتہ ۔
پُچھ پچھ ۔ پوڑ پنداہ دوہ ۔ پچھک
پچھ ۔

پوڈ ۔ ن ۔ مؤل ۔ پد ۔ ح س: پدَ ۔
ا ۔ کھوڑک ٹلیشم حصہ ۔ ۲ ۔
پار (کھور بانگ) ۔ ۳ ۔ کھوڑک
نشانہ ۔ کھوڑک آکھ ۔ ۴ ۔ قدم ۔
پدِ پتھ پدِ، پدِ بیٹھ پدِ ۔ ۱ ۔ قدمہ قدمہ ۔
قدمہ بتہ قدمہ ۔ ۲ ۔ جابہ پتھ
جابہ ۔ رَڑِ رَڑِ ۔
پدِ پدِ ۔ پڑکتھ قدمس بیٹھ ۔ پڑکتھ
جابہ ۔ جابہ جابہ ۔ م، پدِ پدِ
ادس تنتہ ٹلیس ۔
پدِ راہ (پُدی راہ) ۔ راہو پشتز سوہ
دشا بتھ اندر ٹلی تکُن نۂ تکُن
پیٹیہ ۔ (ورگہ) ناحقک بتہ
گڑھ ۔ بیٹھہ نۂ آشن ۔
پدِ پن بیٹھ ۔ ا ۔ وہ دنی ۔ تھوڑو تھتہ ۔
۲ ۔ نبیرنس تیار ۔ بیٹھنس نۂ

فرصتھ (آسنی) ۔
پدِ پن بیٹھ دِنی ۔ ا ۔ کھورن موڑی کرنی ۔
سیٹھا نول کرُن ۔ ژھاپن نۂ
گڑاپن وُ چھُن ۔ سیٹھا پڑ کتھ
کرُن ۔ مان کرُن ۔ ۲ ۔ سخ عاجزی
کرنی ۔ سیٹھا زار پار کرُن ۔

پُدی ۔ "پوڈ" لفظک جمع ۔
پُدی پھکنی ۔ بتہ گڑھ کرہ نۂ سینتی کھور
گسہ پنی ۔ (ورگہ) ٹلی بتہ گڑھ
کرُن پیون ۔ سیٹھا ٹیچنتھ کرنی
پینی ۔
پُدی دیار ۔ سیپتہ پُدی ہشدی دیار ۔
رتمہ رہ بیہ ہیمہ گلکس بیٹھا گنس
اندی اندی مہر بنہ سنتھ قدم
کڑنہ ونہ پدِ پن ٹل تھوپہ چھپے بوان ۔
پُدی وکتھ ۔ منتری کڈہ مژ وہ کھلی وکتھ ۔
پُدی ہول ۔ بیں کھور ٹلی آسن ۔ کیں
نۂ قدم سیود آسہ دوان ۔
پوڈ نزاوُن ۔ ا ۔ قدم تزاوُن ۔ ۲ ۔ کھور
زاژن ۔ کُنہ کامہ بتز منشز دخل دیُن ۔
پوڈ نزاونس نۂ جاے روزنی ۔ سخ
بہر آسنی ۔ لوکہ لو کے آسنی ۔
بہر بار آسنہ کنی جاے
آدِہ کتھ آسنی ۔

پوڑءا ۔ ن ۔ مؤل ۔ پڑ ح س: پد بیہ ۔

ا۔ ستھ۔ حق۔ صحی۔ ٢۔ اصل۔
بہٕ یا ٹس چھ کیتہٕ آسہٕ۔ بہٕ چھ
پھیراہ آسہٕ۔

پیزِ۔ ١۔ اپزِ رژس۔ ٢۔ (زارس منز
پۆتسہ پیز منز باگ تراونہٕ گنڈن۔

پَزاپزِ۔ کیٖنژھا پۆز دینہٕ تہٕ کینژھاہ
پیٖھہٕ تِتھۍ۔

پَزِ پَزِ۔ ١۔ پزِ تلہٕ۔ اصلہٕ تلہٕ۔ ٢۔ بلکل
ٲپزی یاٹھی۔ اپزِ رژس۔

پَزِ پۆز۔ پزِ پزِ۔ یتھ منز سورُے
پۆز آسہٕ۔ یتھ منز نہٕ کانہہ
فَکھ آسہٕ۔

پَزِ وَنہٕ گژھن۔ مرُن۔ بیٖمر ڈنیا پیٖہہ
گژھُن۔

ٲپزی یاٹھی۔ اصلہٕ تلہٕ۔

ٲپزی کنی۔ ٲپزی یاٹھی۔

ٲپزی یارِ۔ پزِ کنہٕ۔ پزر۔ ٲپزی یاری گی۔

ٲپزی بور۔ ٹس ٲپزِس بیٹھ آسہٕ۔ ٹس
پۆز کرِ۔ پزر ورتاوِ۔ ایماندار۔
دیانتدار۔

پۆزاپُز۔ کینژھا پۆز تہٕ کینژھا اپُز۔
جالسازی۔ فند فریب۔

پۆز پزُن۔ ٲپز کنہٕ ٹنی نیرنی۔ پزر
نیرُن۔ پۆز نیٖرُن۔ پۆزسہٕ گژھُن۔

م٢ (بیھ نام) پۆز پزِ (تعام)

عالم درنہٕ۔

پۆز پۆز۔ پزِ کنہٕ رنگہٕ پۆز۔ یتھ منز
سورُے پزر آسہٕ۔

پۆز کرُن۔ وادس پیٹھ روزُن۔ لفظ
پۆز کرُن۔ یہ وۆئمت آسہٕ
تتھ پیٹھ پکُن۔ پۆز پالُن۔

پۆز٢۔ ث۔ اسم: پزد س: پدیہ۔
مگر۔ لیکن۔ اما پۆز۔ م٬
پۆز نمی چھپہٕ پزھ کتھ زانہہ
ترِ ڈنی پزر۔

پۆژھ١۔ ن۔ اسم: پژھ۔ دس:
پیچ چھپا۔ دشہٕ دار پلہٕ۔ کنہٕ
ولنہٕ کرِ پلوک اند۔ م٬
پۆنبرِ پۆژھ۔ دستار پۆژھ۔

پۆژھ٢۔ ن۔ اسم۔ پژھ دس:
پزار کھفیہٕ۔ مہمان۔ ٹس کانہہ
دوہ پرِ گرِ دانتھ پیٖنبہٕ یا سالہ پیٖر۔
م، ٲپژھی بائے۔ م، ٲپژھس
پۆژھ کھرالعانہٕ دارس دوہ شوئے۔

ٲپژھِ ھل۔ ٲپژھی لانہ۔ ٲپژھی پۆزا۔ ٲپژھس
آدر ستکار۔ مہمان نوازی۔

٢۔ پژھمن ہنز دوہہ دژھ ہہ۔

٣۔ نشانی۔ شہ زخم ہیٖوہ یا
ہھاے ٹس نشانہٕ پیٹھ گو ہرسول
کورہا ٹس دانسا وان چھُ۔

پٔژھی ۔ "پوٗژھ" لفظُک جمع ۔
پٔژھی لاگُن ۔ میٖہمان نوازی ۔ وُچھِو "پٔژِھل
مانے ع۱ تہٕ ۔
پوٗژھ لوٗژھ ۔ پوٗژھ بیٚنِہ ۔
پوٗس ۔ ن ۔ مؤل ۔ پُس < س : پُس ۔
۱ ۔ تم جُبر ہِوی یم کُنہِ تٔرل چیٖزس
چھِو کوٚرنہٕ یا گژھ بیٚنہِ لگنہٕ عسِتی
بیٚٹھ کُن نُقصان چھُ ۔ ۲ ۔ پھیٚپنہٕ ۔
پوٗس اَنُن ، پوٗس کھارُن ۔ پوٗس پادٕ
کرُن ۔ پھیٚپنہٕ کھارنہٕ ۔ پھیٚمب
کھاہٕنی ۔ سیٚٹھا کھٔنہٕ کرنا وُن ۔
پوٗس پُن ۔ زیادٕ کھٔنہٕ کرِتھ یرٚاٹِھ
کنہٕ ھُکو کرٕ نہٕ ری ژلنہٕ ۔
پھیٚپنہٕ کھسنہٕ ۔ خوشکینہٕ کھسنہٕ ۔
پھیٚمب کھسنہٕ ۔
پوٗش ع۱ ۔ ن ۔ مؤل ۔ پُش < س : پَشُہ ۔
۱ ۔ حیوان ۔ خاصکٔرِتھ گرٕ ی گٔبن
بیٚنہِ ۔ جانوٗر ۔ ۲ ۔ (وَرگہٕ)
مُٹھ ۔ یَس نہٕ کانٛہہ ہیوٗ ژُھوژ آسہِ ۔
پٔشی ۔ "پوٗسش" لفظُک جمع ۔
پٔشی ذا کھٔنہٕ ۔ حیوان ذاکھٔنہٕ ۔
پٔشی زان ۔ پٔشن ہُنٛز زان ۔ حیوانن
ہُنٛد عِلم ۔ پٔشی بیمارن ہُنٛز
زان ۔ ویٹرنری (عِلم) ۔
پوٗش ع۲ ۔ مؤل پَشُہ ۔ < س : پَشُ ۔
وُچھِو لفظ پَشُ نہٕ ع۱ پَشہِ دار ۔
پَشہِ وول ۔ م ، اکھ پوٗش ۔
بیٚیٚژ پوٗش بیٚنِہ ۔ (یہ چھُ ملوٚنہِ
لفظن عسِتی یَنہٕ یوان) ۔
پوٗک ۔ ن ۔ مؤل ۔ پَک < س : پَکو ۔
۱ ۔ پوٗپ ۔ پَتھوٚسُت ۔ پوختہٕ گوشُت ۔
۲ ۔ دوٗر ۔ مضبوٗط ۔ ۳ ۔
پَینہٕ آمُت ۔
پوٗکھ ۔ ن ۔ مؤل ۔ پَکھ < س : پَکشَہ ۔
دوٗر ۔ طَرف ۔ اشناو دوٗر ۔
م ، مانا مال پوٗکھ ۔
پٔکھی ۔ "پوٗکھ" لفظُک جمع ۔
پٔکھی دار ۔ ۱ ۔ شہ یُس کُنہِ اَکہِ پَکھٕچ
آسہِ ۔ یُس کُنہِ دَرٛجک آسہِ ۔
یُس کُنہِ پکھہِ طَرفہٕ آمُت آسہِ
(سالس بیٚنِہ) ۔ گرِ کیو باٚژو
وراٚسے باقیہٕ رِشتہٕ دار ۔
۲ ۔ سوٚنی سا ہیٚٹھی وول ۔ یُس
کانٛہہ رِشتہٕ دأری آسہِ ۔
پٔکھی دأری ۔ رِشتہٕ دأری ۔
پوٗکھ کرُن ۔ طَرف کرُن ۔ جانِب دأری
کرٕ نی ۔
پوٗل ع۱ ۔ ن ۔ مؤل ۔ پَل ۔ < پنٛج لفظک
تہٕ ۔ وُچھِو "پنٛج" ع۲ پَٹہِ نہٕ
گھلہِ چھِو نَتھِک اکھ قسِم

یِتھ اَنٛدر کھاتَد رَن بیٚتر بیٚٹھ
بَتہٕ چھُ کھوٚلراوُنہٕ یِوان۔

**پَلہٕ آسُن۔** وَٹہٕ آسُن۔ سوٚمبرِتھ آسُن، خاصکٔر یتھ پانٛسہٕ ٹوٚنٛک۔ یتھ کُن آسُن۔

**پَلہٕ نہٕ پھٔٹُر۔** کھوٚتِس مَنٛزنہٕ تہٕ پَھٹرِتہٕ۔ تہٕ دُ یتھ گو چھَلہٕ چھا ممگرٕ چھکرِتھ۔

**پَلہٕ ٹھوٚوُن۔** وَٹہٕ ٹھوٚوُن۔ سوٚمبرِتھ ٹھوٚوُن۔ یتھ کُن ٹھوٚوُن۔ کھٹِتھ ٹھوٚوُن۔ نَنٛبر نہٕ کرُن۔

**پَلہٕ روزُن۔** (ضۆرۆری اَخراجاتو بٛنہٕ) وَٹہٕ روزُن۔ سوٚمبرِتھ روزُن۔ یتھ کُن روزُن۔

**پٔلہِ** "پۆل" لفظُک جمع۔

**پٔلہِ سار۔** پَلَو سٟتی سارُن۔ پَلَو سٟتی اَکہِ جایہ ٹلِتھ بیٚیِس جایہ واتناوُن۔ بھوتہو بھوتہو سارُن۔

**پۆل ع۲۔** ن۔ موٗل۔ پَل د س: پَلہٕ۔ یتھ اَکھ پَل وَزُن آسہِ۔ اَکہِ پَلہٕ وَزُنُک۔ ژھون توٗلُن ہُشد۔ م، اَٹھ پۆل۔

**پۆل ع۳۔** ن۔ موٗل۔ پَل د س: فٔلیہ۔ (پلیٹس)۔ ڈبوٚل۔ بیوٗژ۔

نوتوان۔ کمزور۔

**پۆن ع۱۔** ن۔ موٗل۔ پَن د س: پھنہا۔ ہیچھ بٔتی دار کیج یوسہٕ ہِکہٕ جورہٕ وَنہٕ یا ہیتھ ٹھکِنہٕ یِوان چھیے۔ ۲۔ یُسہٕ لٔکِہ ٹوٹہٕ یِس فٔرنس بیٚتر پھاوُنہٕ ژٕرِ پھا سوٗنہٕ یا پیتھ تزاوُنہٕ یِوان چھُ۔ ۳۔ سو کیج یتھ لٔتنہٕ اَلوند تراوی نہٕ۔ کھوٹٕٹی (اللہ واکھ)۔

**پۆن ع۲۔** ن۔ موٗل۔ پَن د س: م پَنہٕ تَیہَر۔ غم۔ فکر۔ ماتم۔ دوکھ۔

**پۆن پیوٗن۔** غم پیوٗن۔ دوکھ پیوٗن۔ ماتم پیوٗن۔ کانٛسہٕ ٹاکھی ہشتر دَگ پیٚنٛز۔ (دوہو)۔

**پۆن ع۳۔** ن۔ موٗل۔ پَن۔ د س: پَرنہٕ۔ ٹھک: پَن = ٹیگ۔ یُس سو یِیتر یُس سونٛز تزام، سون تہٕ زٕشد بیٚتر کارِتھ بناوان چھِ، اَمہ رِچ چھَلَو سٟتی چھہٕ یتہٕ گرِم کٔرِتھ زیورن واٹھ دِوان۔

**پیٚنٛز کسر۔** گٕھنٛج واٹہٕ کسر۔

**پیٚنٛز واٹھ۔** ۱۔ گٕھنس بیٚتر پِنو سٟتی دیُنُت واٹھ۔ ۲۔ گٕھنٛج سو جاے یتہِ پۆن آسہِ کرنہٕ آمُت۔

**پۆنٛز ع۱۔** ن۔ موٗل۔ پنٛز د س: پَژ وُنگ۔

بوکٹ واتندرَ ذاتھ۔

**پئنژرِ ووتھ نہٕ بڑارِ ہیٚنہ۔** یہٕ چھِ تمہِ وِزہٕ دنان ییلہِ اَکھ ژھو یہٕ گژھِتھ بیٚہناوِتھ بیٚشا کھرد ماٗلہِ طِژناوِ۔

**پئنژری۔** "پوٗنژر" لفظُک جمع۔

**پئنژری اٹہٕ نگیج۔** اکِہ بوٹہٕ ہُشد ناو بوسیہِ جایہ داین دوا چھےٚ۔

**پئنژری بوٹھ۔** اکِہ بوٹہٕ ہُشد ناو بوسیہِ نیہِ بیٚترِ دڑا مژرنہٕ زالنہٕ دوا چھےٚ۔

**پئنژری وول۔** پوٗنژر رٔچھن وول۔ یُس پوٗنژر آسِہ۔ یُس پئنژرِ کھیلہِ بیٚترِ کرناوِتھ اوزرِ کماوِ۔

**پوٗنژرع۲۔** ن۔ موٗل۔ پئنژر۔ < س: پنجکہ۔ ۱۔ ملوٕتھ پانژھہ۔ یمتھ منٛژ پانژھہ آسَن۔ پانژن ہُشد بیٚنوشت۔ ۲۔ پانژرِ گوٗن۔ پانژرِ چھرِ۔ م، اَکھ پوٗنژ پانژھہ زِ پئنژری داہ۔

**پوٗہ ع۱۔** ن۔ موٗل۔ پیٚہر۔ < س: پلیہا۔ ریخہٕ ئلہٕ اَندرِ یُس کھوَریہِ طرفہٕ اَکھ بنشد۔

**پوٗہ ع۲۔** ن۔ موٗل۔ پیٚہر < م۔ اَچھ ہنڈسِ لاٗیس بیٚٹھ یا آدِ گوشت سفید داغ۔ اَکھ اَچھ بیماری

**پوٗہ ع۳۔** ن۔ < س: پلانٹہ۔ پاٗش زرٛنٛدٕ۔

**پوٗہول۔** ن۔ موٗل۔ پہل < س: پشُہ پالہ۔ رٔچھن یا یتھ گٔژھن تہٕ تنہٕ بیترِ نیوٗر کھارن وول۔

# پو

**پوٗتر۔** ن۔ موٗل۔ پوتر < س: پاتر۔ ۱۔ کھورٕ ٹیک سٕہ حصہٕ ییٚمہِ ستہٕ ناو چلاوان چھِ۔ ۲۔ بوسہِ ہُشد سٕہ حصہٕ یتھ منٛز پھال یا کھوٗل بنشد چھُ آسان۔ ۳۔ تژکرِ ہُشد سٕہ حصہٕ یتھ منٛز برماہٕ یا تولُنک چیز تھوان چھِ۔ ۴۔ کورٹ۔ اَلبانہِ ہُشد سٕہ حصہٕ یُس زمینس پیٚٹھ چھُ آسان۔

**پوٗتر دُین۔** کھورِ ستہٕ ناوِ ووہ یہِ اُٹُن۔ کھورِ ستہٕ ناو یتھ یا بڑوٗشہٕ پکناوِنی۔ (ورگہِ یا کھٹی) بڑوٗشہٕ گژن پکن۔ ۲۔ ڈوہ چیرٕ ڈوہ چیرٕ دُین۔

**پوٗترِ پاترِ نوٗہ نگٕہ** گہٕ جالہِ اکہِ قسمُک کھلہِ پیٚٹھ کھیٚہٕ نگ اوزار۔

**پوٗترِ سَمن۔** (ل۔ یم) تژکرِ ہنٛز ڈنٛڈ سبز روزٕ ژنی۔ تژکرِ ہُشد ی

ژٕ پاتھری اکھ اَکِس سٟتۍ سیمنٕ۔
(دورگِہ) ہشر ین۔ برابری بیہنٕ۔
جوہ سٟمُن۔

**پوٹ۔** ن۔ مؤل۔ پاٹ < س: پَٹ =
ریشِم کپُر۔ ۱۔ ریشِم۔ ۲۔
ریشمس ہیوہ ناٹُیل تہٕ اَدُیل۔

**پاٹۍ کیوم۔** ریشِم کیوم۔ سہٕ کیوم
یُسنٕ گژھِ پوٹ بیزان چھُ۔

**پاٹۍ گوٗر۔** واگمگہٕ غلطیہٕ بینہٕ بناوَن وول۔
۴، پاٹۍ گٔیری بائے۔

**پاٹۍ گوژ۔** سو ہیم ہِشِس یوسہٕ
پاٹۍ کیوم بناوان چھُ تہٕ
یتھ ریشِم وونان چھُ۔

**پوٹھک (آسُنۍ)۔** م۔ مؤل۔ پوٹھک < س: پُشٹ + ک] دوٗرہ
بہاداد۔ جان صورتہٕ سٟتۍ بیٹھ۔

**پوٹھُن۔** ن۔ مؤل۔ پوٹھ < س: پوشٹم۔
۱۔ وِیٹھُن۔ سو ٹُن۔ پوچھرُین۔
۲۔ پوٗرُن۔ کھسُن۔

**پوٹھبوٗمُٹ۔** ۱۔ وِیٹھیوٗمُٹ۔
سو ٹیٹوٗمُٹ۔ ۲۔ یُس پوٗرُٹوٗمُت
یا کھوٗتمُت آسہٕ۔

**پوڈر۔** ن۔ سوٗ۔ پوڈر < انگ:
پوڈر (POWDER)۔ ۱۔ پھیکھ۔
۲۔ اوٗلُن۔ سو پھیکھ یوسہٕ

بتھِس سو تُدرٕ بناوہٕ یا یتھ
مُنھان چھُ۔

**پورٕ۱۔** ن۔ مؤل۔ پور < س: پُرٕ۔
فرشہٕ بیٹھ تالوس تام یا اکہٕ تالوِ
بیٹھ بییس تالوس تام اکہٕ ہشہ حصہٕ۔

**پورٕ دِنہٕ یِن۔** رَن مشرِ نہٕ یہُن۔
تینتھ کرُن زَن نہٕ مرنے چھُ۔

**پوٗرِ دیُن۔** زِ ییچھ وأنسہٕ ہیُر آسِس
آسُنۍ۔ وارِیاہس کالس زِندہ
روزُنِچ وہ میدہ آسُنۍ۔ م:
یور چھا کاتہٕ آمُت پور دِتھ؟

**پورٕ۲۔** ن۔ مؤل: پور < س: پُرٕس۔
۱۔ دِشا۔ طرف۔ تہٕ ڈیُنھ گوٗ پوٗرٕ،
پچھم۔ دکھُن تہٕ وہتر بینرٕ۔
۲، کھوٗورٕ پور شمال تہٕ دچھُن پور
جنوب بینرٕ۔ ۲۔ جاندارِ شند
خاصکرِتھ انسانہٕ سٕند یا حیوانہٕ
شِند دچھُن، کھوٗور، پتھِم
یا برٕ ونٕ شٹھِم پاس۔

**پارِ آشُن۔** سنکھٕ آسُن یتھ بکار پیہ
یا پلنٕ کرٕ۔

**پارِ روزُن۔** مدنس سٟتۍ عمر روزُن۔
پلنہٕ یا یتھ نکھہٕ تلہٕ روزُن۔

**پاری۔** کُنہٕ پاسہٕ کُنٕ، طرفہٕ کُنٕ۔ م،
ہپاری، ہیپاری۔

پٲرۍ پٲرۍ ۔ طرفہٕ طرفہٕ ۔ پاسہٕ پاسہٕ ۔
پرٛتھ اَنٛدٕ ۔

پٲرۍ پٲرۍ لَگُن ۔ پرٛتھ پاسہٕ بلایہٕ لَگُن ۔
ڈٕنٛدِ تھ لَگُن ۔ پھیرۍ پھیرۍ
وَنٛدنہٕ یُن ۔

پٲرۍ لَگُن ۔ بلایہٕ لَگُن ۔ ڈٕنٛدِ تھ لَگُن ۔
(خوشامد کرنۍ) ۔

پورٕ وُن ۔ ہوکھناوُن ۔ سٔر ییٚہہٕ ژٕلراوُن ۔

پوٗرٹ ۔ ن ۔ مؤل ۔ پارت < ۔ اکہِ قسمِچ
ٹیٖٹ یتھ بیٚٹھ پرانہِ دفترٕ میٚژ
پٲسکھ واہراوِتھ شرۍ
تچہِ یا اوٗنٛگجہِ سِتۍ لیکھن ییٚچھان
آسی ۔

پوٗرن ۔ ن ۔ مؤل ۔ پور < س : پارینہٕ ۔
۱ ۔ پوشُن ۔ غالِب سپدُن ۔
تَل اَتُن ۔ کانٛسہِ زورَن یا بیٚیبہِ
کٕنہِ اَنٛدرٕ واتُن ۔ م ، تٔس
پورِٕ دُشمن ۔ ۲ ۔ کانٛہہ اوزار
بیترِ کٕنہِ وَسُن ، ژٕ ٹتھ ہیکُن ۔
یا بیٚیبہِ کٕنہِ رَنٛگہٕ ٹھیکھ پٲٹھۍ
کام کٔرِتھ ہیکُن ۔ م ، یہِ شُتراکر
پیٚچ پورٕ نہٕ ہیچہٕ ۔
(دوا) کارگر گژھُن ۔ (دود) ٹلراوُن ۔
م ، بیمارس پورٕ نہٕ جہ لایہٕ ۔
(۴) (زخمس) اَنٛگ یُن ۔

پورٕہ ۔ ۱ ۔ کم زیادٕ ہوٚکھ آسُن ۔ سٔرییٚہہ
کم گوشت آسُن (ژیٚنٛس ،
گاسس ، پلوس بیترِ) ۔ ۲ ۔ کمزور
بنُن ۔ پاکھ ہوکھُن ۔ رتھ یِنۍ ۔
(زخمس بیترِ) ۔

پورٕہ ہیوٚن ۔ ۱ ۔ ہوکھُن ہیوٚن ۔ ۲ ۔
بَلُن ہیوٚن ۔ کمزور بنُن ہیوٚن ۔

پوٗژھ ۔ ن ۔ مؤل ۔ پاژھ < س : م پونہٕ ۔
پراکرت : پوژھ سِتھرٕ کیرٕک
اَنٛدرٕ کی پھیرَن ۔

پٲژھۍ ۔ "پوژھ" لفظُک جمع ۔

پٲژھۍ دِلہٕ ۔ (تنہِ بیٚٹھ) ژھوٚرٕ سے
پوژھ ۔

پوس ، پوست ۔ ن ۔ مؤل ۔ پوس ، پوست
< ف : پوست ۔ ۱ ۔ مٔلہٕ ،
ژم ، کھل ۔ دِل ۔ ۲ ۔ خشخاش
گوگُر ۔

پوس وَسُن ۔ مٔلہٕ وَسُن ۔ (وَرگہٕ پٲٹھۍ
کام کٔرۍ کٔرۍ ژھیٚنٛتھ بیوٚن ۔

پوس والُن ۔ ۱ ۔ مٔلہٕ والُن ۔ کھل والنۍ ۔
دِل ژٕلُن ۔ ۲ ۔ (وَرگہٕ پٲٹھۍ)
سخ بوآرۍ کرِ نۍ ۔ اَڈ زاڈ
کٔرِتھ نہٕ کیٚنٛہہ بانہٕ تھوَوُن ۔

پوستہٕ بیٚوٗل ۔ خشخاشُک دانہٕ ۔
خشخاشُک بیٚوٗل ۔

پوستہٕ کھوکھُر ۔ شَخاش گوٗتُر ۔

پوسٹل ۔ ن ۔ صِفَت ۔ پوسٹل < ؟ ۔
اَکھ ٹُکی ذانُنۍ ۔

پوسٹ آفس ۔ ن ۔ صِفَت ۔ پوسٹ آفس < انگ:
پوسٹ آفس (POST OFFICE) ۔
ڈاک خانہٕ ۔

پوس کارٕڑ (پوسٹ کارٕڈ) ۔ ن ۔ صِفَت: پوس کارڑ
< انگ : پوسٹ کارڈ (POST CARD)
ڈاکخانہٕ کِرِ طَرفہٕ جآری کوٗرمُت
چِٹھۍ لیکھنہٕ باپَتھ اَکھ توٗن کاکز
پوٗٹ ۔

پوس مارٹم ۔ ن ۔ صِفَت ۔ پوس مارٹم < انگ:
پوسٹ مارٹم (POST MORTEM)
مَرنہٕ پَتہٕ جِسمک ڈاکٹری مُلاحظہٕ
(تَرٕتھہٕ واٹھ بیٚنزِ کَرِتھ) ۔

پوس ماسٹر ۔ صِفَت ۔ پوس ماسٹر < انگ:
پوسٹ ماسٹر (POST MASTER)
ڈاکخانُک اَفسَر ۔

پوشِ۱ ۔ ن ۔ صِفَت ۔ پوش < س: پُشپہٕ
(وبدِک) ۔ ۱ ۔ کُسُم ۔ گُل ۔
ثُلچ پھُلے ۔ ۲ ۔ چِکن دوٗزی یا
نَقاشی بیٚنزِ مَنز بَنوومُت پوشَک
نوٗموٗنہٕ ۔ ۲ ۔ بیوٗل (انسانہٕ شُند) ۔

پوشہٕ باغ ۔ یَتھ باغس پوشہٕ آسَن ۔
پوشہٕ وآر (وٚرگہٕ یا گُٹی) سوٚ یِگ ۔

پوشہٕ بُرگ ۔ پوشہٕ ڈیٚتھُر ۔

پوشہٕ پوٗرٕ، پوشہٕ پوٗزا ۔ ۱ ۔ لولہٕ تہٕ پیٚنزِھ
بیٚنزِ سٕتۍ کآتُسہٕ پوشس لایِنۍ ۔
پوشس لاگی لاگی تیٚزٕ تہٕ کَرُن ۔ ۲ ۔
بَتہٕ کھاندرس مَنز لگنگ بیٚنیٚم
رٕسم یِیٚبلہِ مَہرِ بیٚنزِ ہُنٛد مالِنۍ
دوٗرٕ مَہراوٕس تہٕ مَہرِ بیٚنزِ بیٹھہٕ پوٗ
تُرآوِ تہٕ پوشہٕ چھکان چھہٕ تہٕ
آہی کَران چھہٕ ۔

پوشہٕ پَرٕنگ ۔ پَلنگ یَتھ پوشس وَتھَرِتھ
آسَن ۔

پوشہٕ پھُلے ۔ ۱ ۔ سوتُنہٕ پھُلی ہتی پوشس ۔
۲ ۔ پھُلِیہ کال ۔

پوشہٕ تیٚمبر ۔ پھُلِیہ کالِچ سوٚ سٔرٕدی
یوس تُرِ تہٕ گَنٛزٕ صان چھیے ۔

پوشہٕ تُل (تُول) ۔ پوشہٕ پتا توٗت،
نوٗزگ ۔ م، پوشہٕ تُل وٕلے
(رِوٗتُل ہیر)

پوشہٕ نوٗل ۔ خوشیوٗن تہٕ پھولیوٗن کرتاوٕ ۔
م ۔ اَزٕ ہے ییہٕ کِہ شُشہٕ تُوسونیے
روشہٕ روشہٕ کرہے پوشہٕ توٗنیے

پوشہٕ تھُل ۔ ۱ ۔ پوشہٕ ڈوٗر ۔ ۲ ۔
پوشہٕ چمَن ۔ ۲ ۔ پوشہٕ نِہالی ۔

پوشہٕ تھُر ۔ پوشہٕ زٕنٛڈ ۔ پوشہٕ گُچھ ۔

پوشہٕ تھُر کھارٕ نۍ ۔ پوشہٕ تھُر ہٕنز

تشکل بناوُنۍ ۔ پوشہِ ٹھُر بناوُنۍ ۔ (لَبہٕ یا کاکدَس پیٹھ بنیٛتھ) ۔

پوشہِ ٹوٗر ۔ بجھہ لۄکٕہ پوشہٕ ۔

پوشہِ چھٔنٛٹھر ۔ پوشن ہنٛز بناوٹھ چھٔنٛٹھرۍ ۔ یتھ چھٔنٛٹھر پوش لاگِتھ آسن ۔ یہ چھٔنٛٹھ یوان کھاندرس منٛز مہرازس پیٹھ تھوونہٕ ۔

پوشہِ چھاوٕنۍ ۔ (باغس منٛز) ہرِتھ پیٹھ پھٔلۍ ۔

پوشہِ دَستہٕ ۔ پوشہِ گوٗنٛد ۔ گُلدستہٕ ۔ اَتھس منٛز یِنہٕ وٲلۍ پوشہِ گیٛوڈ ۔

پوشہِ ڈٲل ۔ سۄ جاے یتہِ پوشہٕ پوشہٕ پھٔلۍ ہنٛز آسن ۔

پوشہِ ڈۄر ۔ پوشہِ چمن ۔

پوشہِ زَنٛڈ ۔ سہ زَنٛڈ یتھ پوشہٕ دٔژامتۍ آسن ۔ پوشہِ گرٛٹھ ۔

پوشہِ ژٔنجہِ پیٛر ۔ یمہٕ نِس رفیق یا دوستہٕ سِنٛز ژٔنجہِ کتھہِ یمن پیٹھ پیٛنہِ ہیوٚہ گژھہِ یہٕ ۔ یہٕ وٲرۍ ہوٚسوٚس یہٕ کرنۍ ۔

پوشہِ ژوٗٹ ۔ منٛزس ژامنُک تُھرہِ تہٕ اکہٕ فسیچ یوٚراٹھ (گرٛیسن) ۔

پوشہِ کٲرۍ ۔ گُلکٲرۍ ۔ چکن کام یتھ پوشہٕ کڑِتھ آسن ۔

پوشہِ گُنٛج ۔ ۱۔ لوٚکُٹ پوشہِ گُل ۔

پوشہِ کٔھر ۔ ۲۔ اَکھ زنانہٕ ناو ۔

پوشہِ گُل ۔ ۱۔ پوشہٕ دِیوٚن گُل ۔ ۲۔ سُہ گُل یتھ پھُلے آسہِ ۔ یتھ گُلس پوشہٕ آسن دٔژامتۍ ۔ ۳۔ (وٲرِگہٕ) شیٖنہٕ گرٛٹھ اکھ نیٚچوٚ یُس شُرۍ کٔنۍ آسن ۔

پوشہِ گوٗنٛد ۔ ۱۔ پوشہِ دستہٕ ۔ گُلدستہٕ ۔ ۲۔ گوٗنٛدِ بدل دستارس لاگہٕ متۍ پوشہٕ ۔ تِم پوشہٕ ییٚم سفیٖد یا لاگہٕ ۔ (یِم شینٛھرۍ مہرازن یا تِمن یمن دوٚہ ژٕ ییٚم شینٛھر اوس آسان آسی گوٗنٛدِ بدل دستارس پیٹھ کیٚنہٕ پوشہٕ لاگِتھ تھوان) ۔

پوشہِ گوٗنٛدٕر ۔ لوٚکُٹ پوشہِ گوٗنٛد ۔ (گوٗنٛدٕر چھُ گوٗنٛد لفظُک تٔصغیٖر) ۔ ۲۔ ٹماٹھن شیاہ کنۍ کٲنسہِ زٔنہِ تہٕ یوان وَننہٕ ۔

پوشہِ لَشجہِ واو گرُن ۔ سیٹھا بڑ تہٕ کرُن ۔

پوشہِ مال ۔ ۱۔ پوشن ہنٛدٕ وُمت ہار ۔ ۲۔ اَکھ زنانہٕ ناو ۔

پوشہِ موٚت ۔ ۱۔ پوشن پیٹھ مَتیوٚمت ۔ ۲۔ (وٲرِگہٕ یا کٲژ) مُدٕن ۔ ماشوٗق ۔

پوشہِ وَرشُن کرُن ۔ (یِزنہٕ یا پیٹھ) پوشہِ رٔد کرُن ۔ پیٹھ پوش

تراوِنی ۔ پوشش بیٹھ چھکنی ۔

**پوشہ وآر** ۔ لوکُٹ پوشہ باغ ۔

**پوشش کچھوئی** ۔ پوشش بنیرنی ۔ کچھلے بنیرنی ۔

۲۔ (دَرگہ) بجاگزہ صحُن ۔ بہار

دُچھُن ۔ خوش تہ خوشحال آسُن ۔

**پوشش ع۲** ۔ ﴿ف: پوشش ۔ ۱۔ ڈبئُن ۔

م، میزپوشش ۔ پلنگ پوشش ۔

۲۔ ڈلیفہ ۔ لاگیفہ ۔ م، سفیدپوشش ۔

پوشبر پوشش ۔

**پوشش ع۳** ۔ ن ۔ مؤل ۔ پاش ﴿س: پلاشِن ۔

۱۔ اَکھ لکہ ذائقہ ۔ اَکہ قسمک گل

تہ نمیچ ہٹ ۔ ۲۔ پاشش لکہ ہشد

بنوشت کاتہ چیز بیتر ۔

**پاشش ع۱** ۔ پوشش ناوکہ گلشک یا آرچیہ

ہچیہ ہشد ۔ م، پاشش نار ۔

پاشش دن، پاشش ہٹ ۔

**پوشہ نؤل** ۔ سوہہ رنگہ اَکھ جانا وار ۔

**پوشہ نیٹ** ۔ مؤل ۔ پوشہ نیٹ ﴿ م

اَکس لوکٹس جانا وار ہشدناو

ئیس سبٹھا شفہ زرکن بیٹھ چھ

روزان ۔ بہ چھ کرہ ہُن آسان ۔

**پوشُن** ۔ ن ۔ مؤل ۔ پوشش ﴿س:

پُشیتہ ۔ پُشس ک ۔ ۱۔ برابریُن ۔

کافی آسُن ۔ پرہ بیون ۔

ملدی تہ سومب آسُن ۔ م، بتہ پوشُن ۔

۲۔ (راہی) نسُن ۔ زِندہ روزُن ۔

۳۔ یاپُن ۔ تَل دِتھ ہیکُن ۔ کانسہ

یادِ تھ ہیکُن ۔ م، سہی کُس

پوشہ ۔

**پوشکھ تہ نے ژوکھ تہ نا** ۔ یبلہ تہ

کانسہ یکُن پاے آسہ یا زبردستس

نش مقابلہ کرنک طاقتھ آسہ

تیلہ پیزلوب ہیون یا پوت

ژُن ۔

**پوشُن پاے** ۔ تہ بیمہ سنتی زینہ زِ

طاقتھ ۔ بل ۔ قائز لیتھ ۔

زینگ ماد ۔ یا ہینس سومب

ہیکتھ ۔

**پوشناوُن** ۔ بآگراوُنس مشز کُنہ

چیزس بیتر برابری انز ۔

ساری نے وا تشناوُن ۔

**پوشتہ** ۔ ن ۔ مؤل ۔ پوشت ﴿س ﴾

پُشناتہ ] مُبارکھ ۔ وِدِو ۔

**پوشنے** ۔ م ۔ مؤل ۔ پوشنے ﴿س:

پُشپ ] ٹبر زر ۔

**پوک** ۔ ن ۔ مؤل ۔ پاک ۔ ﴿س: پاکہ ۔

یہ پاکہ آمت آسہ ۔ م، اَڈ پوک ۔

نیش پوک بیتر ۔

**پوکر** ۔ ن ۔ مؤل ۔ پوکہ ۔ ﴿ م ۔

رنہ ہلہ بنوشت پوڈ کھوبن ۔

بہٕ چھُ ڈلہِ کین راوَن بیٚٹھ سبزی،
ہیٚنٛد وہٕنٛد تہٕ خَر ترٛزی بیٚنٛز
دوہ پداوِنہٕ باپتھ وَہراوان ۔

**پوگ ۔** ن ۔ مۄل ۔ پوگ ۔ اَکھ ہیٚنٛگ
یُس وایان چھِہ ۔ دَپان چھِ زِ قیامتھ
دۄہ ییہِ لۄکَن زِ تنہٕ کَرِنہٕ موکھ
پوگ وایِنہٕ ۔ (صوٗرِ اسرافیل) ۔
(وَرگہٕ پاٹھۍ) ناش ۔ شِکَس ۔
زَوال ۔ م، پوگہٕ لد ، پوگہٕ کَتھ ۔
**پوگہٕ موغُل** ۔ تباہی کا تُھن وول ۔
بَربأدی ییٚنہٕ کھن وول ۔ بیٚیٚشُل ۔
**پوگ اَنُن** ۔ شِکَس اَنُن ۔ زَوال اَنُن ۔
**پوگ وایُن** ۔ (ہزلہٕ کِنۍ) ذلیل کَرِتھ
ژٕلراوُن ۔ ٹین وایُن ۔
**پوگ ئُن** ۔ شِکَس ئُن ۔ زَوال ئُن ۔

**پولو ۔** ن ۔ مۄل ۔ پولو < انگ : پولو
< بلتی : پولو ۔ مُ، تبتی : پُلو ۔
(POLO) ۔ بوٚٹہٕ ہال ۔
اَکہِ انگریزی کھیلہِ ہُنٛد ناو
(یتھ منٛز گُرِس کھٔستھ اَکِہ
زیٚچہِ ہالہِ لورِ سِتۍ رَبرس
ٹٕھلہِ چھیٚے گٕڈنہٕ یوان) ۔

**پون ع۱ ۔** ن ۔ مۄل ۔ پون < پراکرت :
پَنہٕ تا کُنہِ رِشتک طور طرزِ ۔
کانٛسہِ ہُنٛد ہیوٗہ وَرِ ناو ۔
م، دابہٕ پون ۔ وٕلپہٕ پون ۔

**پون ع۲ ۔** ن ۔ مۄل ۔ پون < س : اَپانہٕ ۔
ناپیٚنٛد ۔ جِسمک سُہ اَنٛگ
ییٚتھ آری بوٚڈ اِدرار ، ماوان
کَران چھِ ۔

**پونہٕ، پأنہٕ ۔** م ۔ مۄل ۔ پون < س : پَد +
وَژنہٕ ۔ اَکھَن کھورَن ہیٚنٛز
پھِراٹہِ ۔ اَکھَن کھورَن پیٚمہِ زُہِ
ہیٚشہِ پھٕٹنہٕ سِتۍ گٕژھان چھیٚے ۔
**پونہٕ پھٕٹنہٕ** ۔ پأنَن آب نیرُن ۔ پأنَن چار لگنہٕ
سِتۍ اَنٛدٕ تھُم مادٕہ نیبر نیرُن ۔
**پونہٕ گژھنہٕ** ۔ اَکھَن کھورَن پھِراٹہٕ گژھنہٕ ۔
اَکھہِ کھورہ پھٕٹنۍ ۔

**پوٚنۍ ۔** ن ۔ مۄل ۔ پأنۍ < س : پانیہَ ۔
آب ، زَل ، سُہ مادٕہ یُس
کٕژ پیٚن ، کوٚلن ، سرَن تہٕ
گدرَن ہیٚنٛز منٛز آسان چھُ ۔
**پان اَٹھ** ۔ پکہٕ دستہٕ آمُت سیٚٹھا آب ۔
آبہٕ شہلاب ۔
**پان بٕٹھ** ۔ (وَرگہٕ پأٹھۍ) یُس ییٚتہٕ پأٹھۍ
آبس منٛز سے روزان آسہِ ۔
ہانٛز ۔ ناوِ منٛز روزَن وول ۔
**پان بوٚر** ۔ سُہ بوٚر یا گوٚڈ ییٚتھ آری آبس
وَکھتہٕ ییہِ دِنہٕ ۔ سَگہٕ باپتھ زٕڑ
بوٚر ییتھ آری آب آسہِ یوان ۔

پاں پَرُد (گَنڈھنْ)۔ آبہ ہَوا بدلی کنی
بیرام گڑھنْ۔ میاد ڈُلنْ۔

پاں بھیبُور۔ ہُو کھشت گُل بَیتھ سَگ
دِیہ عسنی بیبِہ رُو آسے
بھیوُرشت۔

پاں بھیبوُر۔ ۱۔ پاں قطر۔ آبہ قطر۔
۲۔ (وَرگہ یا کَھٹی) زاشُر۔

پاں تَرَکٹھ۔ وُزمَلہ سعنی یو سیہ پاں
تُسَر ہوان چھیے۔ رَکوڑ ترکٹھ۔
آبہ ترکٹھ۔

پاں چھوٗل۔ سو آبہ دِرگنی یو سہ تَھزیہ
بیٹھ وَسان آسے۔ م،
دُراو کھ کوش گنہ رُو پاں چھولو!
(دیہ کاشش رام)۔

پاں دَکیہ۔ آبَیک زور۔ آبَیک زورِ پیاں
وُشن۔

پاں دَگ۔ ۱۔ آبَیک گُنہ بیٹھ زور پیوُن۔
۲۔ آبہ دِرگنی۔ م۔ وُج دَگ۔

پاں ڈوگ۔ ٹیبڈِس دراشت
تیوُل۔ ٹیبڈِس بیٹھ
کَھڑ مِرْ بستہ۔

پاں رِکھ۔ ۱۔ آبہ رِکھ۔ زاوِج پاں دار۔
یو کِٹ جوے۔ ۲۔ رِکھ
شِدی یا کٹھی آبَیک نِشانہ۔

پاں زال۔ آکہ بیماریہ شدناو بیمہ عسنی
ساری سے پانس نکی نکی بھبھر سیران
چھِہ۔ واتیتی۔

پاں ژادر۔ آبشار۔

پاں ژال۔ ۱۔ ڈہرکھ متنز اکھس رو ٹمت
آب۔ ۲۔ تیوت آب یوت ڈہرکھ
متنز اکھس واتہ۔ وُچھو "بیتزال" تہ

پاں ژھکل۔ آبہ یئشڈر۔ یُس گژھِہ پانہ عسنی
بیکان آسہ۔

پاں سَرُکھ۔ اکھ زاوِج سَرِکھ ذاکھ
یو سہ پانس منز آسان چھیے۔
آبہ سرکھ۔

پاں سَاڑ۔ اکِہ جاہِہ بیٹھ بییس جایہ لاکو لاکو
آب نیُن۔ آبہ ساڑ۔

پاں شیں۔ آبہ شیں۔ شہ شین ییتہ آبک
حِصہ زیاد آسہ۔ نم شینہ نفوسی
یم بیوُنے دیکان چھِہ۔

پاں فشوے۔ (ل۔م) کھوڑ چھلنی۔
آ ڈی کشیر تہ آبہ سعنی کھوڑ چھلنی۔
وہرہ پن ترا ڈِ تھ ترتر پانہ عسنی
کھوڑ چھلنی۔

پاں کِسی۔ نم لُوکھ یم کُنہ کولہ پیشڈرس
اندرس بیٹھ بسان آسن۔
بیشدِس ژھپنس پکھن واتہ عسنی
سگ بیتر آسہ فاتان۔

پاں گَرِہ۔ آبہ گرِہ۔ بکش دِکھ آبہ حوض، بییمہ

بیٚٹھ آب نلگو زُرٕ کرِ بہ باگرٕ ہٕ بیٚہ۔

**پاں گوژھ** ۔ اکہٕ قسمِچ ہاگنگنی یتھ منٛز پوٚز آسان چھُ۔

**پاں گٔرٕٹہٕ** ۔ ۱۔ آبہٕ گٔرٕٹہٕ، یُس گٔرٕٹہٕ آبکہٕ زورٕ پکہٕ۔ ۲۔ گٔرٕٹہٕ پھِرناونہٕ باپتھ یوٚتا آب بکار آسہِ۔ آبُک اکھ ہِشِر۔

**پاں گڑاے** ۔ ۱۔ (دانہٕ وٗدکس منٛز) ژورو نیشدٕ وِمنٛزٕ گوڈ نیٚچ نیشد۔ ۲۔ پلوٗس بیٚنہٕ پاں چھوکھ۔ پانہٕ عٔستی چھوکھ کڈُن۔ ۳۔ پانٕس یوٚ سہٕ گڑاے لگہِ۔ زیرِ بیتِر لگنہٕ عٔستی آب اورٕ یورٕ کڈُن۔ گِتہٕ عٔستی یُس آب بُتھِس کُن کھسہِ تہٕ عٔستی واپس وسہِ۔

**پاں گڑو کھ** ۔ تیوٚت پوٚز یوٚت اکہِ پھِرِ نیٚنگلِتھ ہیٚکی نہٕ۔

**پاں موکھتہٕ** ۔ نقلی موکھتہٕ۔ موکھتس ہیٚوٗ نگہٕ اصل نہٕ۔ پھوٗتہٕ۔

**پاں نیٚبُر** ۔ پوٚز سارُن وول۔ یُس لوٗکن آب سارِتھ گُذارٕ کرِ۔

**پاں تیُل** ۔ یتھ پوٚز آسہِ آمُت۔ یتھ آب آسہِ عٔستی (خاصکٔرِتھ گُنہٕ کھیٚنہٕ چیٖزس بیٚنہٕ)۔ آبہٕ گُت۔

**پاں دا** ۔ ناوِ اندر سو جاے بیٚتھ ... سٔرِ یوٚ یوٗمُت آب جمع چھُ سپدان۔ وُچھو "پاہ نوٗ" تہٕ۔

**پاں بِچھ، پاں یوٚچھ** ۔ آژاے رٕ کہٕ۔ یُس (بٹہٕ رسمہٕ موجوب) ڈیٖہِ دوٚہ صُبحنس یارٕبلس بیٚٹھ سوٗرٕ ہندی ناوی دیُتمُت دان تہٕ پلو رٕٹہٕ۔

**پوٚز کانٛز** ۔ زنانَن ہُند دوٗ ڈ چھلنُک سامانہٕ، تہٕ ڈیٚتھ گوٚ زاشت دوٗدٕ، تیل تہٕ آب بیتِر۔

**پوٚز کانٛز لدُن** ۔ زنانَن ہُند کلہٕ چھلُن تہٕ شرٕان صفائی کرٕنی۔

**پوٚز لدُن** ۔ زنانَن ہُند کلہٕ چھلُن۔ آب لدُن۔

**پوٚز یُن** ۔ ۱۔ پوٚز وُزُن ہیوٚن۔ ۲، زُہیکس ہیوٚتُن پوٚز یُن۔ ۳۔ آب کھسُن۔ آبس ہُرہٕ سپدُن۔ ۴، ڈرٕ یاوٕس ہیوٚتُن ہیٚیہٕ ہیٚن پوٚز یُن۔ ۳ ۔ (اُکٕ اسس) آب یُن۔

**پوٚشبر** ۔ م۔ موٗل۔ پوٚشبر < ف: پشتہٕ + ک: اِر۔ یٔتھمیٚنہٕ فرد۔ خاصکٔرِتھ یتھ کنارِ تہٕ گلس کام آسہِ کٔرِتھ۔

**پوٚشبرِ دیار** ۔ تیمہِ ہارٕ ییمہِ کورِ مول کھاندرس بیٚٹھ کورِ ہُندِس ماہہٕ ہیٚبرس

پوٚشبرِ بَدَل دِوان چھُ۔

**پوٚشبرِ مدُن** ۔ (نِرلِہ) یُس پوٚشبر وٲنِتھ کُنہِ آسہِ نہٕ وِہژان ۔ ~ یُس پوٚشبر وٲلِتھ ژھٕنگان آسہِ۔

**پوٚشپر، پاشپر** ۔ ن ۔ سٕوٗل ۔ پوٚشپر > س : پدمہ پُژ یا گٕشپر بِشر اکھ سرِے ۔ بیبیٖک کوٚنگ مشہوٗر چھُ ۔

**پوٚشپرٕ** ۔ ن ۔ سٕوٗل ۔ پوٚشپر > ? پرِنہٕ + پَتنگرٕ ۔ اکھ وٕ پھوٗن کیوٚم یُس زاعُنگس، شَمہس بینِز اَنٛدی اَنٛدی تنژان چھُ ۔

**پوٚشپرِ نٕ گنُتھ (کرٕ تی)** ۔ ۱ ۔ پوٚشپری سٕنٛد زاعُنگس، سَمہس اَنٛدی اَنٛدی پھیرِتھ دٕزِتھ بیوٚن ۔ ۲ ۔ (وورِگہٕ پاٹھی) سَنٛخ مانے آسنہٕ کِنہٕ کاسِہ پھِپِہ لگُن ۔

**پوٚنٹکھ** ۔ بیبرٕ ٹکرٕ ۔

**پوٚنٹَل** ۔ سٕوٗل ۔ پوٚنٹَل > س : ? پُٹلا ۔ بیوٚقوٗف، ٹھکی (گومتن) ۔ نہٕ لکہٕ ہار، خجِل ۔

**پوٚنٹَل کرُن** ۔ کُنہِ لایق نہٕ تھَوُن ۔ بیوقوٗف بَناوُن ۔ ٹھکی کرُن ۔ خجِل کرُن ۔

**پوٚنٹَل گژھُن** ۔ بیوقوٗف بنُن ۔ ژربھٕٹھُن ۔ خجِل گژھُن ۔

**پوٚند** ۔ ن ۔ سٕوٗل ۔ پوٚند > ? ہم ہِندی : اردو : پھندا ۔ آسامی : پھندا = ک : پوٚندا ۔ (لیکہٕ پاٹھی) زَناِنہ شِشرِ سَنٛزِ چِہ جابِہ وٕنان ۔

**پوٚنڈ** ۔ ن ۔ سٕوٗل ۔ پوٚنڈ > انگ : پوٚنڈ (POUND) ۔ ۱ ۔ وِلاَیتی سوٚہرٕ سونہٕ سُنٛد پوٚنڈ ۔ ۲ ۔ اَنٛٹِش سکہٕ ۔ اکہِ سِکس ناو یُس ریوٚ پیٹھٕ ہُنٛد سٕنٛزِ اَسیُم حِصہٕ مانِنہٕ یوان اوس (بہٕ پچھِنہٕ دوہ نی پلان) ۔ ۲ ۔ لگہٕ بگ اَڑ سیر ۔ اکھ انگریزی پیرمانِہ ۔

**پوٚنڈٕ مال** ۔ م، ن ۔ پوٚنڈٕ مال > انگ : پوٚنڈ + س : مالا ۔ سوہرن بَناومژ مال ۔ یہ چھُ اکھ زیوٗر ۔

**پوٚنسہٕ** ۔ وُچھو "پانٛسہٕ"

**پوٚناکھُر (پوٚنکھُر)** ۔ ن ۔ سٕوٗل ۔ پوٚنکھر > س : ? پکشہ + ک : ار ۔ ژٕ کُچ پوٚنژھر ۔

**پوٚنکھُر پھیرُن** ۔ سَشرارتس مَنٛز کانٛسہِ کُن نظر کرِتھ بٕہُن ۔ پِل دِتھ ہیوٚر کُن بُتھ کرِتھ بٕہُن ۔

**پوٚنکھُر دیُن** ۔ ۱ ۔ ژٕ کُچہ ستِنہٕ پکُن (ژھٕ رٕنگس بیترِ سُنٛد) ۔ لِتھ کھوکھر پکُن ۔ ۲ ۔ پیٹھٕ تِہٕ کام بیترٕ پکِناوِنی ۔ وارِ وارِ کینٛہہ کرُن (پیلہ پُتھِ واریاہ

مُشکِل آسَن )۔

پوٗنگہٕ ۔ ن ۔ مؤنث ۔ بوٗنگ ۔
< م، ہ: پوٗنک ۔ ا۔ لوکٕٹ نور۔
۲۔ (ہزلہٕ یا ٹھٹھی) کمیونِسٹن دنان۔

پووٗ ۱ ۔ ن ۔ مؤنث ۔ پاو < س : پادَ ۔
ا۔ ہیرِ کھسنہٕ پاوٗ سنہ یا یتھ کھوٗر
تھوٗ ہیچھ جاے ۔ یار بُلک سام۔
زیٖنہٕ ۔ ۲۔ (وَرگہٕ یا ٹھٹھی) دَرجہٕ ۔
م، پاوٕ پاوٕ ووت سُہ کَتہٕ کور۔

پاوٕ پاوٕ والُن ۔ ا۔ ہیرِ بیٛٹھہٕ پاوٕ بیٛتہٕ
پاوٕ وآلِتھ بوٚن وا تناوُن ۔
۲۔ واہ واہ لُہرِتھ ژھنُن ۔ م،
تمہٕ وول پاوٕ پاوٕ پیٛنہٕ نُے گرٕ ۔
۳۔ واہ واہ کٲنسہِ تنزول اَنُن ۔
واہ واہ کٲنسہِ جوشس کم کرُن ۔
حوصلہٕ پھٹراوُن ۔

پاوٕ کھسُن ۔ تھزِ رس کھسُن ۔ ہیوٗر کھسُن ۔
اَکِس ہیٚیس بیٛٹھ کُن کھسُن ۔

پاوٕ وَسُن ۔ ہیرِ بیٛٹھہٕ بوٚن وَسُن ۔ تھزِ
جایہ بیٛٹھ نہٕ روزُن ۔ (وَرگہٕ)
بجایہٕ روزُن ۔ گرُن ۔ تنزول گژھُن۔

پاوٕ والُن ۔ کانٛہہ تھزِ بیٛٹھ بوٚن والُن ۔
کانٛہہ کُنہٕ تھزِ جایہ بیٛٹھ گراوُن ۔

پاوٕ ۔ "پووٗ" لفظُک جمع ۔

پاوٕ ہیر ۔ دوہ کھٕ ہیر، سو ہیر یوس
اوپر یور ڈالنہٕ تہٕ ییہٕ ۔

پووٗ ۲ ۔ ن ۔ مؤنث ۔ پاو ۔ ا۔ وول یتھ مَنز
کینژہہ بَنٛد ییہٕ تھوَنہٕ یا کینژہہ
تارنہٕ ییہٕ ۔ یا ننگل یا ترمادٕ
بَنٛد تھوٗنہٕ یا یتھ شیٖشہٕ ڈکوو۔
۲۔ ہشرہٕ ہشد وول ۔

پووٗ ۳ ۔ ن ۔ مؤنث ۔ پاو < س : پ پاتر۔
سُہ پانہٕ یتھ مَنز کینژہہ ژُم کھارنہٕ
یا یتھ ترٛاوان گژھان چھہٕ، م،
کانٛتر پوو۔

پوٗوٕل ۔ م ۔ مؤنث ۔ پووٗل < ہندی اردو:
پاولی] ژونی ۔ ژون آنَن ہشد
سِکہٕ ۔ روہ ییہٕ ہشدِ ژوری مَہ
جھٹک سِکہٕ ۔

پووچہٕ ۔ م ۔ مؤنث ۔ پووچ < س:
پارشوکہ یا ف: پاپچہ ۔ ا۔
کرہ کانہٕ (دگر برسن) ۔ ۲۔
لُنگ، پاچہٕ بیترٕ ۔

پووچہٕ کڈنہٕ ۔ اڈی چہٕ پھٹراونہٕ۔
مار دِتھ کرکانہٕ پھٹراونہٕ۔
سَخ لایُن ۔

پوہ ۔ (پوہ ہ) ۔ ن ۔ مؤنث ۔ پوہ < س:
پوشہٕ ۔ ا۔ اکہٕ رٹہِنگ ناو۔
دیسی ڈ ہشم رٹھ ۔ ۲۔ شہ

پڑہ ڈگ یُس ماینِ کورِ ہشدِ گوڈنکِرِ
بیہنہِ تشند وأرِ سوزان چھِہ۔
۳- نوٗمل تیوٗر بینہِ یُس کھانڈرس
کھوٗنڈرس بیٹھ وَرتاوِ کرنہِ مأنزی
رأنزہ دوہ اَنان چھِہ۔

پُھہی پَن۔ ۱- پوہس منز پُھفرس بیہٹھ سیتھوٗ مت
شہ سیٹھا پَن یُس گلپہِ بیہٹھِ
پیوٗ مُت چھُہ آسان۔ سہ کانہہ
چیز بینہِ یُس پُھہی پَیہکی پأ کُھٹی
ہُرتھ آسہِ پیوٗمُت۔ ۲- پُھہی
ززَ نڈُک پَن۔

پُھہن واو۔ پوہ کِس رہتس منز ژھھٹہ۔
بہٗ چھیٚے سَخ سَردِ آسان، خاصکرِ نہٗ
زِمُن تیپرن کِنہٗ خطرناک ییم
نیٚنِ ہتی آسن۔

پُھہی۔ پوہس منز۔ پُھہس رہتس منز۔

پوٗہی وٗنِل (وٗنہٗر)۔ سو وٗنِل یا
زرأنٹھ یوس پوہس منز نیس
آسان چھِیٚے۔

پوہہ بوگ۔ تِم چیز بینہِ یِم پوہ پڑہ ڈگس
بیٹھ کورِ ہشدِ وأرِ سوزان
چھِہ۔

پوہہ کھچِل۔ شہ توٗمل یا بیٚیہ کانہہ جنس
یُس کورِ مألِس یا گوٗبہِ مألِس
کس کوے بینہِ مأنزی رأنزہ
کیٚت اَنان چھِہ۔

پوہہ کٔنٹھ۔ شہ کٔنٹھ یُس پوہس بیہٹھ
اَننہٕ چھُہ یِوان۔

پوہہ گگرہ۔ پوہ کِس رہتس منز کٔٹھ کٔشرِ
سیتی نوٗ گُمت کوٗر۔

پوہہ گٔڑ۔ پُھہہ بَرِ رہتیج اَنہٕ گٔڑ، پوہس
منز چھیٚے رأنزہ سیٹھا زِ بچھہِ
آسان بہٗ دوہس بہٗ چھیٚے ژِ ہی
ژھِھنِنے ہشی گنڈھان۔

پوہہ گاڈ۔ سو گاڈ ئلی یوس پوہہ
گٔڑ پَچھ یوہ موأرِ یا بیٚٹھ وارِہ
پأسکھی دَریا گرہ دِوتار ژنرِ وَہِ
باپتھ دِنہٕ چھیٚے یِوان۔

پوہہ ہنہتھ۔ سو ہوٗن یوس پوہس
منز تیپرن ہینہٕ بیبہٕ۔

## پو

پوہ پیٚ۔ م۔ ہوٗل۔ پوہ پیٚ < م۔
اَکھ کٔشڈی ززَ نٹہ یُتھ کھیوٗن
لایق اَکہ قسمُک میوٕ نیران چھُہ۔

پوہ پچھ۔ م۔ ہوٗل۔ پوہ پچھ < پڑاکرِت:
پُھپھی]۔ مأنلی ہسنز بینہِ۔

پوہ پچھ چاے۔ چاے ڈِنگ اَکھ
ڈُشم۔ بہٗ چھیٚے پوہ پچھ باہتھرن

ہٕنٛزِ میکھلہِ بیٚنٛھ سالہٕ پیٚٹھن تہٕ
اُمید تراوٕن والین جاوان -

پوچھو - پوچھہٕ ہٕنٛد روٗن - مٲلۍ ہٕنٛزِ
بیٚنہِ ہٕنٛد خانٛدار -

پوچھہٕ ہٕیے کاکنۍ - پوچھہِ رس
بأے ہٕنٛز آشنۍ -

پوچھنٛہ ربیٚنہِ - پوچھہِ ہٕنٛز کوٗر -

پوچھنٛہ زام - یٔمہ ہٕنٛز پوچھنٛہ بیٚنہِ -

پوچھنٛہ بوے - پوچھہِ ہٕنٛد
نیٚچُو -

پوچھنٛہ زامنبہ - یٔمی ہٕنٛزِ پوچھنٛہِ
بیٚنہِ ہٕنٛد روٗن - یٔمی ہٕنٛد
پوچھنٛہ بیمہٕ -

پوتج - م - سٕوٗل - پوتج < س: پُتلہ -
پوتل لفظک مادٕ - ۱ - پوکُٹ
پوتُل یا بُت - ۲ - ہٕنٛزِ
ہٕنٛز اچھہِ دار - ۳ - لأرۍ مہٕ -
باجرہِ پھوٗل -

پوتُل - ن - سٕوٗل - پوتل < س: پُتلہ -
ٹھوکُر - پوناکرہ ینٛج موٗرتھ -
کنہِ موٗرتھ - (وارگہٕ پاٹھۍ
ہوشمٹھ ہیوٗ انسان -

پوٹاس - ن - سٕوٗل - پوٹاس < آوازِ بیٚٹھ -
زنٛجہِ ہٕنٛز آواز - ٹھپ ،
ہٕنٛز کھو - ٹاس ہیٚنز ینٛج آواز -

پوٹاچ ، پوٹاج - م - سٕوٗل - پوٹاچ < س:
م پیٹھ ] بارشکلہِ بیٚچہِ ٹُکرٕ -
خفیہٕ دار بیچہ چھکل بیٚیمہِ سٕتۍ
بور سوٗنراونہٕ چھُ یوان -

پوٹاسی - م - سٕوٗل - پوٹاس < س: پیٚٹکا -
چھانہٕ ہٕنٛز تورٕژ ہیٚتھ پیٚٹھہٕ
کھوٗل چھُ آسان -

پوٹھر - م - سٕوٗل - پوٹر < س: پوٹہ +
ک : ار - گٕہۍ نارٕنگ بوٗنیم حصہٕ -

پوٹھ - م - سٕوٗل - پوکٹھ < س: پوٹہ یا
پوتہ - (ٹرٹر) ] گٕہۍ نور ، ریکہٕ نور -

پوحبہ - ن - سٕوٗل - پوحبہ < پراکرت :
پولہ + ک : ار ، یا س : پُلیسہ -
پلیتہ ] نہ لگہٕ ہار آسُن - کُنہٕ
کاڑک نہٕ آسُن - گومُت نہٕ
گُذریومُت آسُن - ژھوٗرے
نہٕ کھوکھر آسُن -

پوختہٕ - سٕوٗل - پوخت < ف : پُختہ -
۱ - پوٗزٕ - برابر - ۲ - پوٗیہِ ہُت
پٔیہِ ہٕژ - م ، یہٕ چھےٚ پوختہٕ سیبر -
۳ - پکشومُت ، خام نہٕ - م ،
پوختہٕ میوٕ ے یا آتی پیٚنٛز رس -
۴ - میشٕر پوٗر - وزنس برابر -
خام نہٕ - وکٹہٕ - م ، پوختہٕ سیبر -
پوختہٕ روٗ پےٚ - ۵ - زانہٕ وُن -

تہلنگ ہُشیار۔ ۶۔ دوٚر۔
محکم۔ یمیُک ہِنہٕ پرواے گژھہِ۔
۷۔ پایے دار۔ پوٚک۔ پوشوُن۔
۲، پوختہٕ رنگ۔

**پوختاوُن**۔ ۱۔ پوٚک کرُن۔ ۲۔ کنھ
پیچ کرُن۔ ۳۔ دمہٕ کڈُن۔ ۴۔
کُنہِ بیٚیہ آمادٕ کرُن۔ لیہ اَنُن۔

**پوختہٕ روٗپیے**۔ ڈبل روٗپیے۔

**پوختہٕ کرُن**۔ پوٚک کرُن۔ کانٛسہِ کُسر
نہٕ تھوٚن۔ تیٚتھ کرُن یمیُک نہٕ
آب اَتہِ۔

**پوختہٕ کار**۔ ۱۔ کاریگر۔ ہونرمند۔
یَس کام تگان آسہِ۔ ۲۔ جبیہٕ۔
ہُشیار۔

**پوختہٕ مغز**۔ ہُشیار۔ عاقل۔ کامِل۔
کُنھہِ واَتھ، واقف۔

**پوختُن**۔ پَچُن۔ پوٚپ بَنُن۔ خام نہٕ
روزُن۔ چالاکھ بَنُن۔
ہُشیار بَنُن۔ وُچھو "پوختہٕ" تہِ۔

**پوراٹھ**۔ م۔ موٗل۔ پوراٹ < س:
پَرا + استھ یا پَر + روٹھ = 
گیوس بیٚیہ بناوٕمژ ورق دار
ژوٚٹ۔

**پوران**۔ ن۔ موٗل۔ پوران < س:
پرانہٕ = نیمہِ شاستری کتابہٕ

یمن منز پرانین دیوی دِوتاہن،
رازن تہٕ وِیرن ہُند حال تہٕ
کتھہٕ بیترِ درج چھےٚ۔

**پوران پھیری**۔ (وَرگہٕ یا تھی) زیوٚٹھ
زایُٹھ کوٚن۔ رادن بیٚیہ راد
دینی۔ زیٹھراوی زیٹھراوی
کتھہٕ وَننہٕ۔

**پورُش**۔ ن۔ موٗل۔ پورُش < س: پُرُش۔
۱۔ مَرد، موٚہنیُو۔ ۲۔ روٗح۔

**پورشہٕ کار**۔ مَردی ہُنز کام۔ بوٚہدوری
ہُنز کام۔

**پورشارتھ**۔ ن۔ موٗل۔ پورشارتھ < س:
پُرُشارتھ = وُدیوٗگ۔
دوہ تھہ ژھاٹھ۔ یتِن کوشش۔

**پوژھر**۔ م۔ موٗل۔ پوژھر < س: پیچھ
+ ک: اِر۔ ۱۔ ژکیج بیٚیہ کٹِس
نام سہ حصہٕ یُس گاوکہ بینر
گلناوان چھُ۔ ۲۔ (وَرگہٕ یا تھی)
سو زنانہٕ یوسہٕ ژکیج کلہٕ وان
یکان آسہِ۔

**پوژھہٕ لوو**۔ ن۔ موٗل۔ پوژھلاو < س:
پیچھ + لوباکہ = ۵: لووا۔
۱۔ شاکس یا ہونس یوہ اکھ
لوکُٹ ڈرِ تہٕ یَس لٔنٛژ زیٹھ
تہٕ گنٛز وال آسان چھہِ۔

۲- (وَرگہٕ پاٹھی) پَنہٕ پَنہٕ پکَن وول۔ سِنٛز سِنٛز آسَن وول۔

**پوژھُر**۔ ن - مۆل۔ پوژھر < س: پنچ چھ + ک: اُر – ۱- لَکٕرِ سان مَنٛدِج۔ نوٗٹا ئہٕ تِٹِس نِشِ سُہ حصہٕ یُس گَلہٕ نادیہٕ بیہ، یِتھہٕ کُنٛز ڈٕبہٕ کَٹس آسان چھُ۔ ۲- پَنٛز کنز نیر دژاٗمُت ننہٕ کھ۔

**پوشُر**۔ ن - مۆل۔ پوسر اگداٗمُٹک سُہ حصہٕ یُس پِلِس منٛز بَنٛد چھُ کھَوٕنہٕ یِوان۔

**پوستک**۔ م- مۆل۔ پوستک < س: پُستکٕ۔ پوٗتھی۔ کِتاب (چھپِتھ یا قلمی)۔

**پوشاک**۔ ن - مۆل - پوشاک < ف: پوشاک۔ ناٗلی لاگنکی پلو بیتر۔

**پوشاک پاٹرُن**۔ جان یا آٹھی پلو لاگنی۔ پلو لاگِتھ پان سجاوُن۔

**پوشکَر، پوشکَرہٕ**۔ ن - مۆل - پوشکرہٕ < س: پُشکرہٕ۔ ۱- اکھ بوٗٹہٕ ذاتھ۔ ۲- اکِہ جوٗاہِرُک ناو۔ اکِہ قسمُک لال۔ ۳- سِری نگرٕ یِس پتھِمی کُنہٕ بہ میل دوٗر اکِہ تیٖرتھُک ناو۔ ۴- ہِندوستانس منٛز اجمیرس نکھہٕ اکِہ تیٖرتھُک ناو۔

**پوکھر**۔ م- مۆل - پوکھر < س: پُشکرہٕ۔ ناگ۔ سہ جاے یتہٕ آب وُزان آسہِ۔

**پوکھرِ پل**۔ ۱- پوکھرِ اندٕ پکھی جاے۔ ۲- ہارِپرٕ بتنس نکھہٕ اکِہ مشہوٗر ناگک نیٖ نتھ اندٕ پکھی جایہ ہُنٛد ناو۔

**پوکھُر**۔ < پراکرت: پوکھر < س: پوشکرہٕ۔ ۱- وہ کھَلک، کنٛزرک بیتر منٛز بم سنیر یا منٛز بم گوٗل۔ ۲- گلس بیترِ اندٕ اندٕ سکہٕ یا بِتھ بنیوومُت رَوٗ۔ ۳- کرٕ ٹیرٕ ھٹِک سُہ حصہٕ ییمہٕ سیتی نار نلان چھُ۔ ۴- روٗنہٕ ہُنٛد پوتُر۔

**پوکھُر تراوُن**۔ کرٕ ٹیرِ ھس بیترِ پوکھُر بدلاوُن یا نوٗو پوکھُر تراوُن۔

**پوکھوٗرٕ**۔ ن- مۆل۔ پوکھر < س: پوشکرہٕ پراکرت: پوکھرٕ۔ ہِنٛدِ وِہنٛد گُل، خرٕ بزی گُل، لاٗر گُل۔ آلہٕ گُل، بیِمن ساری نیے چھُ پوکھوٗرٕ وَنان۔

**پولاد**۔ ن- مۆل۔ پولاد < ف: پولاد۔ فولاد۔ شیٖشتُر۔

**پولادُو، پولاٗدی**۔ فولاٗدی۔ شیٖشتُرُو۔ (وَرگہٕ) دوٗر، مضبوٗط،

م، پولادو دل۔

**پولاو۔** ن۔ مؤل۔ پولاو > س: پلاکہ۔ ف: پلاو یا پُلاو۔ گیوس بیٹھ زِکہ نمُت بتہ یتھ مازتہ سیو بیٹر عستی تراوان چھِ۔

**پولُر۔** ن۔ مؤل۔ پولر > پراکرت: پولہ + اُلیا۔ پوٹھ۔ یس خوش کرہ ون وینچھر آسہ۔

**پولُن ع۱۔** مؤل۔ پول > پراکرت: پولہ + ک: اُن۔ ۱۔ کمزور گژھُن۔ ڈیلُن۔ لیشرُن۔ نرمُن۔ آن مانِنی۔ ۲۔ حوصلہ پھُٹُن۔ ہیمتھ ہنز روزِنۍ لبڈُن۔ ۳۔ موٹنڈُن۔ موٹنڈ گژھُن (زیادِ استعمال کرنہ عستی کاشہ ہتھی بار بیٹر)۔

**پولُن ع۲۔** (جاروآے شُند) پوٹھُن۔

**پونرزِتم۔** دوٚیُم زتم۔ دُبارِ زنمس یُن۔ مرِتھ بیٚیہ زیوٚن۔

**پونروس۔** ن۔ مؤل۔ پونروس > س: پُنر وسو]۔ اکھ نینچھتر۔ زندرمک ستیم گرِ (جوتشک لفظ)۔

(شوق تہٕ) پونہٕ سوٚن۔ ن۔ مؤل: پونہٕ سن > س: پُنسہ + دنم یا پُنر + سنتہٕ۔ سنسکرت پُنہ سنتہٕ ہ لفظن ہنز بگرِن۔ (ل۔م) بیٚیہ تہٕ بیٚیہ آسی نے (آہی)۔ تہٕ ڈیتھ گوَ: گنڈھ ژ ستہ بیٚیہ ژھنے بیٚیہ تہٕ بیٚیہ رُتہ رُت۔

**پونہٕ سوٚن بتہٕ۔** پونہٕ سوٚن کرنہٕ بروٚنہ یُس بتہٕ سالہ بیٚیہ کھیاوہٕ چھیے یوان۔ سوٚ ندر بتہٕ۔

**پونیٚچھر۔** ن۔ مؤل۔ پونیٚچھر > س: پُنہ + پراکرت۔ نتتہ اد۔ م ہندی اُردو ناتیا]۔ دوٚیُم نینچھر۔ وو پرہ شُند یا دوہ ژہُشد نینچھر۔

**پونینزی کالہ۔** دوہ پرہ شُند یا دوہ ژہُشد نینچھر۔

**پوٚنۍ۔** ن۔ مؤل۔ پونۍ > س: پُنیہ۔ ۱۔ جان تہٕ رتہٕ کامہ بیتر۔ رتہٕ پھلِچہ کامہٕ۔ ۲۔ ثواب۔

**پونہٕ پھل۔** رزن کامِن ہُند رُت نتیجہ۔

**پونہٕ وان۔** یُس پونۍ کماوِ یا یُسمی پونۍ کموُمُت آسہ۔ پونہٕ سوو۔ پونہٕ سوٚست۔ ثواب گار۔

**پونۍ زِنُن۔** ثواب زِنُن۔ نیک کار کرُن۔

**پوند۔** م۔ مؤل: پوند > س: پسند۔ گنیج کژ اکھ پہنہٕ عستی یا نسنہٕ اندر رکنِ ربے ہش دوہ کھنہٕ سبہ

شاہ کھارِتھ زورٕ سٟتۍ کنٛزِ آوازِ ساں نیراوُن۔

**پوٗنڈٕ ناس۔** سُہ ناس یٚمہِ کِنۍ پوٗنڈن بیٚٹھ پوٗنڈٕ پیٚن، یہٕ ناس چھ کیٚنٛہہ لٔکھ نٔزلہِ یا کلہٕ دودٕ ژٕلراونہٕ با پتھ کران۔ ہۆ چھ ناس۔

**پوٗنڈُن۔** پوٗنڈ نیراوٕنۍ، پوٗنڈن بیٚٹھ پوٗنڈٕ نیراونہٕ۔

**پوٗہ۔** وُچھو "پوٗہ"۔

**پوٗہَر۔** ن۔ مۆل۔ پوٗہر > س: پُرَ۔ وُچھو "پور"۔

**پوٗہہِ۔** م۔ مۆل۔ پوٗہے > ؟۔ تۆملہٕ ژھوسٕٹھ نہٕ ڈُنٛزٕ۔ تۆمُل مُنٛنہ پوٗسہٕ ڈُنٛزٕ نہٕ کوٗم بیٚیِہ نیران چھےٚ۔

**پوٗہہِ کھیٚنِہ۔** (دٕرگہٕ یا کھٹۍ) تنٛھِ کِنۍ یا تتھ پھٔشن بیٚتہٕ نہٕ کھیِ تگِہ۔ کھیٚنہٕ نہٕ کٔرِ تھٕ ہیٚکن۔ اَفسوٗس ناکھ حالتھ گٔژھنۍ۔ لیٚڈُن۔ لیٚپر کھیٚنۍ۔

**پوٗہہِ کھشیا وناوُن۔** (دٕرگہٕ یا کھٹۍ) تباہ کرُن۔ بیٚیِہ کھشیا وناوُن۔ پیٚپکھ کھشیا وناوُن میٚنٛزٕ سٟتۍ بلناوُن۔

## پےٚ

**پیٚنٛزٕ ڈار۔** (ہَرلہٕ کِنۍ) ہپر موقدم۔ بٔلۍ موقدم۔

نۆکٕ اَدٕ بٔک اَکھ ہٕزلی کرِ دارِ ٹیٚس چارٕ پن نہٕ فانٛزن ہٕشد زیٚٹھ ماننہٕ یوان چھُ۔ بٕروٗنہٕ کالہٕ اٚسۍ سۆدرٕ کوٹھٕرِس زٕٹھِس وَنان۔

**پیٚیژُن۔** ن۔ مۆل۔ پیٚیٚز > س: ژیٚچ + اَپنیم [E] ژُمٹھُن۔ رٔس بیٚیِہ نہٕ روزُن۔ پیٚیٚز ہیٚوٚہ گژھُن۔ کھنٔس لایق نہٕ روزُن۔

**پیٚشاب۔** ن۔ مۆل۔ پیٚشاب > ف: پیشاب [E] ہِنٛھٕ۔ زٔل۔

**پیٚشِن۔** ن۔ مۆل۔ پیٚشن > ف: ؟ پیشین [E] دُٕنگ پہوے ترٕ بیٚیِم پہَر ہیٚوٚہ۔ ہَنٛشدٕ ژیٚن ڈٕلِتھ ہیٚوٚہ۔

**پیٚشِن نِماز۔** م۔ مۆل۔ پیٚشِن نِماز۔ > ف: پیشین + نماز۔ سُہ نِماز یوٚسہٕ دُپہرٕ ڈٕلِتھ ہیٚوٚہ چھےٚ پرنہٕ یوان۔ نِمازِ ظہر۔

**پیٚنٛزٕ۔** م۔ مۆل۔ پیٚنٛزٕ > ؟ [E] پٚن کرُنٛک کھیٚزٕ۔ سُہ بُرُشش یا کھیٚزٕ یٚمہِ سٟتۍ وۆدرۍ کُرِس بیٚیِہ مایہ دِوان چھِ۔

## پےٚ

**پیپر** — ن۔ مۇل۔ پیپر < انگ: پیپر۔ (PAPER)۔ ۱۔ کاگد۔ ۲۔ اخبار۔ ۳۔ پرچہ۔ سوال پرچہ۔

**پیٹہٕ** — ۱۔ زادرِ ہشر پیٹھی۔ ۲۔ پرداشش۔ ٹُبرکھ۔

**پیٹھ ع۱** (پیٹہٕ)۔ اَٹھ داہ کلو وزنہٕ مشادی اَل۔

**پیٹھ ع۲** (پیٹھا)۔ الہِ ہٹھاے۔

**پیچ، پیچھ** — ن۔ مۇل۔ پیچ < ف: پیچ۔ ۱۔ وَر۔ چیٚرخ۔ وَلگنُن۔ ۲۔ اکہِ قسمُک کٕبُل یُس وَردی دی بَند کرنہٕ بوان چھُ۔ ۳۔ ڈیڑ مَنز لاٹھ پھیرِنی۔ ۴۔ پھیرٕ۔ گھُر۔ ۵۔ مشینہٕ ہُند پُرزٕ۔

**پیچس مَنز یُن** — کُنہِ دوٚلابس مَنز پھسُن۔ مُشکلس مَنز پھسُن۔

**پیچہٕ لَد** — یَس ٹھونٹھ آسہِ۔ یُس نہٕ کُنہِ کُنی آٹنی واٹنی بیہ۔ گھُرِ لَد۔ وَرہٕ ہوٗل۔

**پیچ اَنُن** — ٹھونٹھ اَٹنی۔ ٹھوس اَٹنی۔

**پیچ، پیچھ آسنی** — سیٹھ آسنی۔ اَرسر آسنی۔ زھرٕ کھٹھ آسنی۔ (وَرہٕ گرٕ آٹھی) کُنہِ مطلبہ کنی کانسہِ کانہہ کام بنٕزرنہٕ کرنہٕ کی زھرکھٹھ۔

**پیچ دیُن** — وَر دیُن۔ چیٚرخ دیُن۔ کسُن۔ ۲۔ رُکاوٹھ پادٕ کرنی۔ دوٚل دیُن۔

**پیچ یُن** — پھیر پیوٚن۔ رُکاوٹھ پادٕ گژھنی۔ مشکل پھژِ یُن۔

**پیچھ پنی** — ۱۔ ڈیڑ دود کرُن۔ لاٹھ پھیرِنی۔ ۲۔ (وَرگہ) اَرسر گژھنی۔ کُنہِ غرضہ کنی کانسہ کنہ یا کانسہ چیز بینز دیُن کرُن۔ وانٹہٕ پھیرُن۔ کانسہ خاص کنہ کرنس نہٕ دوند یُن۔

**پیچر** — رنٛد پچ شسترپٹ یوسہ ٹینگس چار چھپے رٹان۔

**پیچان** — مۇل۔ پیچان < ف: پیچان۔ وَلگنُن دار۔ وَردار۔ وُٹھی وُٹھی۔ کاٹنگنہِ چالہِ۔ ہوٗل ہوٗل۔ م، زُلفِ پیچان۔ مارِ پیچان دینز۔

**پیچہٕ کٕبُل** — ن۔ مۇل۔ پیچہٕ کلی < ف: پیچ + س کبلہٕ۔ اَکھ وُٹھی دار کٕبُل یُس وَردِتھ ہیچہ بینز مَنز والنہٕ چھُ بوان۔

**پیچ تاب** — ن۔ مۇل۔ پیچ تاب < ف: پیچ تاب۔ ۱۔ اضطراب۔ بے قراری۔ بے چینی۔ تشویش۔ پریشانی۔

**پیچ دار** — ۱۔ وَردار۔ پَتھ وَر آسُن۔ وُٹھنہِ دار۔ وُٹھی وُٹھی۔

وُلگنَن دار۔ ۲۔ کھُری دار۔ مُشکِل۔

**پیچ کَس** (پیچ کَش)۔ ن۔ مۄل۔ پیچ کَش < ف: پیچ + کَش = سں: کَرشُن۔ پیچہ کَڈِل بیٚنِ کَسنک تہٕ مُترِراونک اَکھ اَوزار۔

**پیڈَل**۔ نُ۔ مۄل۔ پیڈل < انگ: پیڈَل۔ (PADDLE)۔ بٲسکلُک شہ حِصہٕ یَتھ پیٚٹھ چَلاوٕنہٕ وِزِ کھور تھَوان چھِ۔

**پیڈُن**۔ ن۔ مۄل۔ پیڈَس: پیڈِنہٕ۔ ۱۔ رُم آسنہٕ کِنہِ بانس بیٚترِ وادٕ وادٕ بیٚنِ کتہ ژرُن۔ سٔترُن۔ پھیٚرِ پھیٚرِ بیٚنِ کتہ ژرُن۔ پیٚشُن۔ ۲۔ (وُرگہٕ یا کھٹی) (کِنھ) بیٚنِ کتہ ژلینہٕ۔ (سِر) نوٚن گَنٛہ ٹھن۔ ظاہِر سَپدُن۔

**پیر** (پیٖر)۔ م۔ مۄل۔ پیر < پراکرت: پیٖنڈٗاو۔ سں: پینڈکہ۔ ژوٗرٹ بَناوٕنہٕ یا یَتھ لوٚکُٹ آٹی دوٚگُل یا لوٚکُٹ آٹی ژرٕٹ۔

**پیرہر**۔ ن۔ مۄل۔ پیرہر < سں: پیوَر۔ پراکرت۔ پیوٚری۔ مانٛجھرٕ پشجار۔

**پیش**۔ مۄل۔ پیش < ف: پیش۔ ۱۔ اکِہ اعرابُک ناو (ـُ) ۲۔ بُتھِ۔ برٛوٚنٛہہ کنہِ۔

**پیش پیش**۔ < ف: پیش + پیش۔ برٛوٚنٛہہ برٛوٚنٛہہ۔ سارِنٕی بُتھِ یلہ برٛوٚنٛٹھ۔

**پیش پیش آسُن**۔ برٛوٚنٛہہ برٛوٚنٛہہ آسُن۔ یَتھ پٔہ روزُن۔ کُنہِ کٲمہِ با یَتھ تَیار بہ تَیار آسُن۔

**پیش سَپدُن**۔ برٛوٚنٛہہ کُن یُن۔ برٛوٚنٛٹھ کُن وانُن۔ حاضِر سَپدُن۔

**پیش قدمی کَرٕنی**۔ (جنگس منٛز فوٚجک) برٛوٚنٛہہ پَکُن۔

**پیش کَرُن**۔ حاضِر کَرُن۔ برٛوٚنٛہہ کُن اَنُن۔

**پیشکَش**۔ آیہٕ تَن۔ برٛونٛہہ کنِہ۔ حاضِر۔

**پیشکَش آسُن**۔ کانٛسہِ آیہٕ تَن آسُن۔ برٛوٚنٛہہ کنہِ آسُن۔ حاضِر آسُن۔

**پیشکَش تھَوُن**۔ آیہٕ تَن تھَوُن۔ برٛوٚنٛہہ کنہِ تھَوُن۔ حاضِر تھَوُن۔

**پیش یُن**۔ برٛونٛٹھ یُن۔ بُتھہِ یُن۔ گُذرُن۔ سَپدُن۔ یِناوتھ یُن۔

**پیشَل**۔ م۔ مۄل۔ پیشل < ف: پیشہٕ + ک: آل[؟]۔ نکھرِل۔ وَرُل۔ رَنگ کَرَن واجنی[؟] + پیشہٕ کَماوَن واجنی۔

**پیشانی**۔ م۔ مۄل۔ پیشان < ف: پیشانی۔ ڈیکہٕ۔

پیشہٕ ع۱ ۔ ن ۔ مؤل : پیش < ف : پیشہ ۔
۱۔ کام ۔ کار ۔ رۄزی کماوُنک
ذٕریہ ۔ ۲ ۔ ( درگہِ پاٹھی )
زنانہٕ ہُنز پانسہٕ کماوُنہٕ باپتھ بدکاری ۔

پیشس بِہُن ۔ پیشہٕ کماوُن ۔ دیار کماوُنہٕ
باپتھ زنانہٕ ہُنز بدکاری کرٕنی ۔

پیشہٕ کماوُن ، کمناوُن ۔ پیشس بِہُن ۔
گانٛہ کام کرٕنی ۔ پیشہٕ کرُن ۔

پیشہٕ ور ۔ کاسِب ۔ کسب زانن وول ۔
کاری گر ۔ کارٕ بارٕ وول ۔ تاجِر ۔

پیشہٕ ع۲ ۔ ن ۔ مؤل ۔ پیش < ف : پیش
ناٹی لاگنہٕ کرِ پلوٗک برٛونٛہہ کُنٛیک
اکھ طرف ۔ پتھس مُقابلک
اکہِ طرفُک حصہٕ ۔

پیشگی ۔ سے یا برٛونٛہ تھٕہ دِشُمت کانٛہہ
رقم ۔

پیشنگوئی ۔ م ۔ مؤل ۔ پیشنگوئی < ف :
پیشنگوئی ے برٛونٛہہ کُن بنہٕ وِنی
کانٛہہ کتھ گوڈے وٕنہ تھٕوِنی ۔

پیشتر ۔ مؤل ۔ پیشتر < ف : پیش + تر ۔
برٛونٛہہ ، گوڈٕ ۔ کُنہ کتھِ یا
کامہِ برٛونٛہہ ۔

پیشکار ۔ ن ۔ مؤل ۔ پیشکار < ف :
پیشکار ے بوڈ افسر ۔ نفرِ
پاٹھیک افسر ۔ حاکِم ۔

پیشکاری ۔ حاکمی ۔ افسری ۔

پیشوا ۔ ن ۔ مؤل ۔ پیشوا < ف : پیشوا ۔
برٛونٛہہ برٛونٛہہ نیرن وول ۔ مُتھ
روزن وول ۔ سردار ۔ وتہٕ
ہاوُک ۔ امام ۔

پیشواز ۔ ن ۔ مؤل ۔ پیشواز < ف : پیشواز
کھٕٹہِ دار جامہٕ یُس اکہِ وقتہٕ
زنانہٕ آسہٕ لاگان ۔ پتہٕ آسہٕ
حافِز تہٕ بچہ گٔٹی بیتر لاگان ۔

پیلو ۔ دانہٕ کرانہٕ مانہٕ اکھ گاسہٕ ذاتھ ۔

پین ع۱ ۔ مؤل ۔ پین < س : پین ۔
۱۔ مایہٕ ( رینس یا کپرس بیتر ) ۔
۲ ۔ اکھ مسالہٕ یمہٕ ستی نٹھی یار
بیتر ذری چھ گژھان ۔ نٹھی یارٕ چ
تیتز دار ۔

پینہٕ وُن ۔ پین کھارُنی ۔ پین دِنی
( کپرس بیتر ) ۔

پین دِنی ۔ ۱ ۔ ینس یا کپرس بیتر مایہٕ کرُن ۔
۲ ۔ نٹھی یارن شہ مسالہٕ مُتھُن
یمہٕ ستی تِمن ذرہ گژھان چھے
تہٕ دار تیتزان چھے ۔ ۳ ۔ ( سزا پاٹھی )
رلو مُت نوٗن ، مرژہ وانگن
تہٕ ہاے آسس بُرنہٕ تھٕوُپ
دِتھن ۔ وُچھو پین ۲ تہٕ ۔

پین گڈٕنی ۔ ۱ ۔ کپرس ینس بیترِ چھلنہٕ ستی

مایہِ گٔنڈُن -۲- کُنہِ ہٕتھی یا رٕس
دار گٔنڈنی -

**پین کھاڑنی** - ہٕتھی یا رٕس بیتٕرِ سٕہ
مسالہٕ ہٕتھُن بیٚیمہِ عٕستی تتھ
درٕ بیرٕ سپدِ تہٕ دار تیز -

**پین ہٕیٚنی** - چھلنہٕ عٕستی مایہِ ہٕنُن (کیٚرٕس
پیٚنس بیترِ) -

**پین ع²** - ن - مؤل - پین < س: پینڈ -
۱- ہاے نوٚن تہٕ مرٕژ وانگن
رلاوِتھ اکھ قسمُک پیٚشد - یہ
آسی سزا دِتہٕ پٕرژھی کانُسٕرِ
أسس برآن - ۲- ڈٕگِتھ نوٚہ
پیشد یا گولہٕ یُس گٔیشن دِوان
چھ -

## پیے

**پیپاس** - ن - مؤل - پیپاس < س: - پیاسا -
دوٚدُسہٕ - سَخ تٕریش (لگنی) -
تٕریشہٕ وٕہُن - نوس -

**پیپاس کرُن** - دوٚدُسہٕ گنڈُن - سَخ
تٕریش لگنی - سَخ تٕریش گرٕہنی -
تٕریشہٕ وٕہُن دوہ کٔڈُن -

**پیپاس گنڈُن** - سَخ تٕریش لگنی -
دوٚدُسہٕ گنڈُن - تٕریشہٕ
وٕہُن دوہ کٔڈُن -

**پیپاس دوہ کٔڈُن** - سَخ تٕریش گرٕہنی -
تٕریشہٕ دادِ دوٚدُسہٕ کرُن -
تٕریشہٕ وٕہُن دوہ کٔڈُن -

**پتنا** - [ ن - مؤل - پتنا < س: پتا
< پتٕرٕ کرٕ] - مول - بب -

**پتہٕ پھپھُر** - ٹارُس بٕنیٚژرٕ کنہِ دٔڑا مُت
پھپھر دانہٕ -

**پتُر** - ن - مؤل - پتر < س: پترٕ -
۱- مۄدی ہٕنٛدی شٕشد روٗح -
۲- تہٕ (خاصکٔرِ تہٕ پتنہٕ گرٕ کس
کانُسٕہِ ہُشد) -

**پتٕرٕ دوٚہ** - موٚردس کتہٕ پتیا پترِ کرنک
دوٚہ - یٚیمہِ دوٚہ موٚرِدٕ شٕندِ
ناوی کیٚتہِ کرہٕ تیٚر -

**پتٕرشا پھ** - موٚردن ہٕشد بدٕ دُعا
(کُس یُس تہٕ تہٕشدِ ناوی
کہنی کرِ) -

**پتٕرٕ فاقہٕ** - سٕشرادٕ فاقہٕ -

**پتٕرٕ کانگرٕ** - گرٕ کین موٚتین ہٕشد
فہرست - پتٕرن پترٕ کوہ لاوٚلی
(سٕشراد یا تہٕ کرہٕ یا پیٚٹھ) -

**پتٕرُن، پتٕراوُن** - ن - مؤل - پتٕر < س:
پترٕ، پترا پیتے - ۱- رٕچھُن -
پالُن، پٔڈراوُن - کلہٕ ناوُن -

۲- ژالُن - برداشت کرُن - دوکھ
دود بیٚنِہ کلہِ ناوُن - م، میوٚنڈ
بہٹرُن - ۳- کانٛسہِ ہٕنٛدِس
کاہ بارَس اَکھ دیُن -

**پہٹراوَن وول** - رٕچھَن ٹھڑن وول -
یُس کانٛسہِ ہُنٛد بار ہیٚییہِ -
کیٚنٛژہِ مٕتہِ ہیٚنِہ وول - یُس
کانٛسہِ ہٕنٛز خٲطری تُلہِ -

**پہٹرُن پیوٚن** - ۱- (چیٖنٛزِ یا کٲنٛہ) رٕچھُن
پیوٚن - کلہِ وُن پیوٚن - ۲-
ژالُن پیوٚن - برداشت کرُن پیوٚن
(گٹنگ بار) - ۳- کانٛسہِ ہٕنٛز
پُشرمُت کام اَنٛد واتناوٕنی پیٚنِی -
۴- کُنہِ ناکارہ کامہِ ہُنٛد بھُل تُلُن
پیوٚن - یاداشت تُلُن پیوٚن -
بہ چھُ دٔہ ہو یا کٲنٛہ وَنان - م،
نِیُن پیٚنِہ یُس بہٹرُن -

**بہٹرُن ژھٕٹُن** - نیوٚل آسُن - اَنٛدر رٕٹُن
گنٛدرُن پیوٚن - م، اُمِس ژھٕٹُن
میٚوٕنے بہٹرُن -

**پیٹرول** - ن - مۆل - پیٹرول < انگ :
(PETROL) - پیٹرول -
اَکھ قسمُک تیٖل یُس زمیٖنہِ
نِکلہِ نیران چھُ تہٕ یُس موٹرِ شیٖنہ
بیٚنِہ چلاونَس لگان چھُ -

**پیٹرول پمپ** - سو جاے یتہِ گاڑین
بیٚنِہ پیٹرول بران چھُ -

**پیٹھ** - مۆل - پیٹھ < س : پرِشٹھ -
۱- ہیوٚر - ۲- کُنہِ چیٖزَس ہیٚرِ کِنہِ -
۳- کھیتہ - سوار - م، گُرِس پیٹھ -
۴- کُنہِ ساری سے وَقتس - م،
راتَس پیٹھ - ڈرِ یس پیٹھ -
۵- آیہ کرہِ ہُنز جایہ - م، نِشانَس
پیٹھ - ۶- کُنہِ کامہِ ہُنز بابتھ
مُقرر کورمُت - م، آب
سارنَس پیٹھ، برنادنَس پیٹھ -
۷- وِلہِ، وِزِ - وَقتہِ - م،
پنٛنہِ پنٛنہِ اَنوارِ پیٹھ، کھانٛدرَس
پیٹھ - ۸- طرفہ - کنہِ، م،
مُبعقس پیٹھ = بڑ وُنہِ کنہِ -
۹- طرفس کُن - م، دوہ زِ دوٚنکھ
ژ دۆر پیٹھ یا بہ گو دۆر پیٹھ
واتُن - ۱۰- جایہ - اَنٛدرہ - مُتہِ -
م، ژیُن چھُ کانٛہ پیٹھ -

**پیٹھی** - ۱- ہیٚری - ہیٚرِ کِنہِ - ہیٚری مہِ
طرفہٕ - ۲- ہُرماہُنہ -

**پیٹھی پیٹھی** - ۱- ہیٚری ہیٚری، بوٚنی بوٚنی -
۲- زیادٕ سٕنہٕ وَرآے -
سرسری یا کٲنٛہ - زاوی چارُن گژھنہِ
روٚشنے - ویٹھی پوٹھی یا کٲنٛہ -

**پیٹھی پیوٚن** - زورٲوری کرٕنۍ - کانٛسہِ ہُنٛدِس حصَس غصب کرُن -

**پیٹھی کِنۍ لگُن** - بلایہِ لگُن - چھیپہِ لگُن -

**پیٹھی مَنۍ لگُن** - پیٹھی مَنۍ بَدَل بلایہِ لگُن - گٕرٹہٕ کِنہٕ لگُن - وَنٛدٕ ہیُن - چھیپہِ لگُن -

**پیٹھی مَنٛٹ گَرٕ ژھُن** - پَرٕ پیٹھی کیٛنہٕ کانٛسہِ ہیُن -

**پیٹھی وٲنۍ** - ۱- پیٹھی پانٛسہِ - طلبہِ علاوٕ پوٚنسہٕ ٹوٚنک، نَہٕ ڈیٛنہٕ گوگو ژھ بیٛنٛز - ۲- بہِ گٕنٛشہٕ ڈتھ آسہِ - مُتفرقہ - م، پیٹھی وٲنۍ کام - پیٹھی وٲنۍ آمدنی -

**پیٹھم بیٛٹھ** - ییٚوٚ ٹھس بیٛٹھ - اَکھ اَکِس بیٛٹھ - تٕشِز -

**پیٹھن** - پیٹھہٕ - وُچھو "پیٹھ" تہٕ -

**پیٹھے** - ۱- گوڈٕ بیٛنہٕ - شوٚروٚ یمیے منٛز گوڈٕے - ۲- پُنٛش ییٛنہٕ - عیسٕتی - م، پیٹھے موٗدِس مول - ۳- تَشِتھے - تٕمی وِزٕ - م، اُسہِ اوس شوٚنٛگانہٕ زِ پیٹھے آسِس نادِس -

**پیٹھے بانہٕ** - گوڈٕ - گوڈٕ گوڈے -

**پیٹھے باٛنٛک** - آرٕنٛک، گوڈٕ نِکے بوٚنٛک (دستٕر بیٛنٛز) -

**پیٹھ** - ۱- ہیٛنٛز - ۲- کٔنٛہ جایہِ شوٚروٚ کرٕ تہٕ - کٔنہ اَنٛدٕ - کانٛہہِ جایہِ پٲٹھ کُن نژٲد تہٕ - ۳- کٔنٛہ وِزِ شوٚروٚ کرٕ تہٕ - م، اَنٛدٕ پٔرٕدٲرِ پیٹھ - ۴- کانٛہہِ چیٖز بیٛنٛز وُچھنہٕ یا کیٛنٛہہِ ہٕرٕوٚشہِ کِنہٕ ٹھوٚوتہٕ - م، کِتابہِ پیٹھہٕ پَرٕ، بیٖیہِ پیٹھ کرہ نقل - ۵- پُنٛش بیٛنہٕ - ہیٖیہِ - م- اَکھ کوٚرٕ ہَس جُبرانہٕ پیٹھ دیٖتہٕ ہَس شالِکھ -

**پیٹھ بوہٕ** - ہیٛرِ تہٕ تَلہٕ - سٲری سے - ہیٛرِ بوہٕ -

**پیٹھ پیٹھ** - ۱- سَرسَری - سِستہٕ دٲرے - وییٹھی پوٹھی یا کٹھی - زٲوی جارَہ دٲرے - ۲- پیٹھی مِس وارِس - م، پیٹھ پیٹھ نَجھُس -

**پیٹھ روزُن** - ۱- نِگرانی کرٕنۍ - ۲- وہ تَلکنہٕ ہہٕ دیُن - کَلہٕ ہہٕ تُلِتھ دیُن - دَباوس تَلِ تھوٚوُن -

**پیٹھ کِنہٕ، پیٹھ کِنُن** - تھٕزِس - ہیٛرِ مِہ طَرفہٕ - ہیوٚر کُن - کٔنٛہ چیٖزَس پیٹھی مِہ طرفہٕ - کٔنٛہ چیٖزَس پیٹھ - سَرٕ تَلہٕ - گوڈٕ نیٛنہٕ، سٲری نے ہٕرٕوٚشہٕ - م، اَمی رِتھ ییٛنُن حِصہٕ پیٹھ کِنہٕ تُلِتھ - شوٚروٚ ہُس منٛز گوڈٕ نِتھے - م، پیٹھ کِنہٕ لیکھی نکس ییُن ناو -

**پیٹھہٕ کنٹیک** - ۱- ہیٚبرِ کنٹیک - ۲- زیٚٹھ - ۳- خہ داسے - دَسے، زانہٕ پیٹھہٕ کنٹیک -

**پیٹھ ہیوٚن** - ۱- زَبَرٕ دستی کرٕنۍ - ۲- گاٹہٕ ہیوٚن - خسارٕ ہیوٚن (مال یہٕ پکنہٕ کنی) -

**پیٹھ خرٕچ** - ۱- سُہ پوٚنسہٕ یُس ضروٗری اَخراجاتو علاوٕ خرچاونہٕ ییٚیہ - مُتفرقہٕ اَخراجات - ۲- ٹلی بیگ - یُس ٹلی اَتھرَس مُتھرَس اَثہٕ -

**پیٹھ کھاوُن** - ۱- کانٛہہ بوٛہ پیٹھ ہیوٚنہٕ وانتناوُن - کیٚنہہٕ یا کانٛہہ دوٚسی بابہٕ آسِتھ نفرَس وانتناوُن - بَجَر دِیُن - نفرَس وانتناوُن - ۲- نَکھس کھاوُن - زرٕ ولہٕ ناوُن - م، ووٚہ تی کوٚنا پیٹھ کھارٕ ہَن ہیٚہ -

**پیوٚٹھس پیٹھ** - ۱- اَکھ اَکِس پیٹھ تِنزرٕ - ۲- ہیوٚرٕ ہیوٚرکن - تِتھٕ وہبر گرٕ تھ یا زیلہٕ زُرٛٹ کرِتھ - ۳- پوٚتُس پَتھ - اَکِ پَتے بیا کھ - م، پیوٚٹھس پیٹھ لگِتھ کھیوٚن -

**پیٹھوٗڈُل** - مؤل - پیٹھوٗڈُل ‹ س: پرشٹھ + پالہ - ۱- یُس پیٹھ آسہٕ - یَس ماتحت کیٚنہہ لوٗکھ آسَن - ۲- ہیٹہ ہیٹہ روب کرَن وول - ٹلی بیگ -

**پیٹھوٗڈُلی** - مپٹھل - اَپزُسے زِیجرَ یا بَجَر ہاوُن - اَپزِ اَفسری -

**پیٹچک، پیچک** - ن - مؤل - پیچک - ‹ ف: پیچیک [- ریل، بیٚنہٕ ریل - پیٚنہٕ گوٗٹُہ - سُہ چیز یَتھ پیٹھ پَن وَلنہٕ ییٚیہ -

**پیٚدُن** - ہیٚنہٕ ہیٚنہٕ واقف گژھُن - اَنزرٕ گرٕ گرٕ نِتھ پیٹھ دَرُن - جُرم بیٚنہٕ کرَنس پیٹھ دَرُن - اَنہ ماییشہٕ کرٕ کرٕ ہلُن -

**پیٚژُن** - بیٚبھُس - بیٚہ مزٕ گژھُن - وُچھو ”پیٚژُن“ تہٕ -

**پیٚژھہ** - ڈوٗٹیک بیٚنہٕ ہُیم دِیِل -

**پیکوٗٹ** - ن - مؤل - پیکٹ ‹ پ: پراکرت: پ اَ ‹ س: پب + کٹ پ - ۱- اَکِہ قِسمُچ (لوکٹ) روٚپٹی گاڈ - ۲- لوکُٹ شُرٕ، چِکٹ - نکٹ -

**پیگ** - ن - مؤل - پیگ ‹ انگ: پیگ (PEG) - شرابُک اَکھ میٚنہٕ بانہٕ، شرابُک اَکھ میٚنہٕ (ورگ) شرابہٕ داما -

**پین** - ن - مؤل - پین ‹ انگ: پین (PEN) - فونٹِن پین - قلم -

**پینہٕ کم** - ن - مؤل - پینہٕ کم ‹ س: پ پنڈ + کرنم - ۱- پلوٚسس بیٚنہٕ دِژہٕ ہِژ بین، کیٚرس یا پیٚنسِ بیٚنہٕ

